# مصیبتن ہندی وجوہات
# تہٕ تمن ہُند علاج

— افادات —

جامع شریعت وطریقت، امام روحانیت فقیہ الاُمت

حضرت اقدس مُفتی **محمود حسن** صاحب گنگوہی رحمۃ اللہ علیہ

چشتی، قادری، سُہروردی، نقشبندی

— مُرتّبِ اردو —

حضرت مُفتی مولانا **محمّد فاروق** مہتمم جامعہ محمود

(مُدرّس مدرسہ دار العلوم جامع مسجد شہر میرٹھ)

کاشُر ترجمہٕ

**ابو عبید شمس**

# مصیبت ہندی وجوہات تہمتن ہشد علاج

افادات

جامع شریعت وطریقت، امام روحانیت فقیہ الامت

حضرت اقدس مفتی محمود حسن صاحب گنگوہی رحمۃ اللہ علیہ

چشتی، قادری، سہروردی، نقشبندی

مرتب اردو

حضرت مفتی مولانا محمد فاروق مہتمم جامعہ محمود

(مدرس مدرسہ دار العلوم جامع مسجد شہر میرٹھ)

کاشُر ترجمہ

ابو عبید شمس

بِسمِ اللہ الرحمٰنِ الرَّحیمْ

کتابہٕ ہُنٛد ناو ــــــ مصیبتن ہنٛدی وجوٗہات تہٕ تِمن ہُنٛد علاج

افادات ــــــ حضرت اقدس مفتی محمود حسن صأب گنگوہی رحمۃ اللہ علیہ

مرتب(اُردو) ــــــ حضرت مولانا مفتی محمد فاروق صأب

کأشُر ترجمہ کار ــــــ ابو عبید عبدالخالق شمسؔ

سنِ اشاعت ــــــ ۲۰۰۳ء

تعداد ــــــ ۱۰۰۰ (اَکھ ساس)

موٗل ــــــ

ناشِر ــــــ عمبرِین پبلی کیشنز، بیت العامر ژُکر
زیر اہتمام المنیر ٹرسٹ فار ایجوکیشن سائنس اینڈ لٹریچر کشمیر

خوشنویس ــــــ قاضی عاشق حسین سوپوری

کِتاب میلنٛک پَے

۱) دارالعلوم رحیمیہ بانڈی پورہ
۲) دارالعلوم کرمانیہ صدیق آباد بٹہ وینہ گاندربل
۳) کالج بُک شاپ بارہمولہ
۴) کتاب گھر کلچرل اکادمی سرینگر
۵) غلام قادر لوٹی والا بالمقابل مسجد الرشاد بارہمولہ
۶) ٹرسٹی المنیر ٹرسٹ فار ایجوکیشن سائنس ولٹریچر کشمیر
صدر دفتر بارہمولہ

یہ ترجمہٕ آو

اللہ تعالیٰ سٕندِ فضل تہٕ کرمہٕ ستو

حسبِ اجازت گرامی

فقیہہ الامت حضرت اقدس مفتی محمود حسن صاحب گنگوہی رحمۃ اللہ علیہ

حسبِ ارشاد

محترم حضرت مولانا محمد رحمت اللہ میر صاحب مدظلہٗ العالی

مہتمم دارالعلوم رحیمیہ بانڈی پورہ

مےٚ سیاہ کار خاکسار سٕندی دٔسی بارَس

اللہ رب الکریم کرِن یِتھ کوشِشہِ خالِص خلوٗصہٕ کِس شمارس منٛز قبول۔ تہٕ بنِن تسندِیے وسیع رحمتکِہ پاسہٕ مسلمانَن تہٕ میانہِ خاطرٕ رحمت نجات ہدایت تہٕ مغفرٕتُک ذریعہ۔ (آمین)

الوٗعبید عبدالخالِق شمس

# عرضِ مُرتّب[1]

بِاِسۡمِہٖ سُبۡحانَہٗ حَامِداً وَّمُصَلِّیاً وَّمُسَلِّماً۔ اما بعد

پیش نظر رسالہ "اسبابِ مصائب تہٕ تہند علاج" چھُ شیخ العرب والعجم قطب عالم حضرت اقدس مولانا الشیخ ذکریا محدث مظاہر علوٗم سہارنپور مہاجر مدنی نور اللہ مرقدہٗ سُند مشہور رسالہٕ "الاعتدال فی مراتب الرجال" تہٕ فقیہہ الامت جامع شریعت والطریقت سیدی و مرشدی حضرت اقدس مولانا مفتی محمود حسن صاحب گنگوہی زید مجدہم (رحمۃ اللہ علیہ) مفتی اعظم ہند سندین مواعظ موسُوم بہ (یمیُک ناو چھُ) "مواعظ فقیہہ الامت" لِنہٕ تمیُک خلاصہ یُس حضرت اقدس مُفتی صأب (دامت برکاتہم) ہنزِ نگرأنی منز پئٹھ مِہ ؤری یہٕ جامعہ اسلامیہ تعلیم الدین ڈابھیل ضلع بلساڈ گجرأتس منز ماہِ مبارکس منز اعتکافکس حالتس منز ترتیب دِنہٕ اوس آمُت۔ یتھ منز قومکہِ عرُوج تہٕ زوالُک فلسفہٕ تہٕ مصیبتن ہُندوجہ تہٕ تہند علاج قرآن تہٕ حدیث چہ روشنی منز قومن تہٕ ملتن ہنزِ تأریخہٕ ہٕنزِ گواہی تہٕ مثالہِ ہندِس اَلنس منز بیان کرنہٕ آمُت چھُ۔ یُتھ زنہٕ قوم مُسلِم غفلچہِ گوٚبہ نیٚندرِ ہُشیار گژھتھ پنٕنُ مقام تہٕ ذمہ وأری پرٕزناونہٕ تہٕ (یتھ)

---

[1] اردو پیٹھٕ ترجمہ

پوهٔ شوُن زړهٔ بهترې بدل پیه ضرورت چهٔ زیه رساله پیه مسجدن ته گرن مئز جاد کهوّته جاد پرنهٔ ته بوز تاوته۔

وَمَا تَوْفِيقِي اِلَّا بِاللهِ عليه توكلت واليه انيب وصلى الله تعالیٰ علیٰ خيرِ خلقهٖ سیّدنا مولانا مُحَمَّدٍ واٰلِهٖ وصَحْبِهٖ اَجْمَعِيْن الیٰ يوم الدين۔

العبد محمد فاروق عفا اللہ عنہ

مقیم حال خانقاہِ محمودیہ چھتہ مسجد دارالعلوم دیوبند

۲۹ رمضان المبارک ۱۴۰۷ھ

# تقریظ

حضرت اقدس مفتی نظام الدین صاحب ناظم دارالافتار دارالعلوم دیوبند

اَلحَمدُ لِلّٰہ وَکفیٰ والسلام علیٰ سید الخلایق محمّد مصطفیٰ )

پیشِ نظر رسالہ "مصیبتن ہندی وجوٗہات تہٕ تمِن ہُند علاج" یُس میأنی ناٹھو مولانا مفتی محمد فاروق سلّمہٗ استاد دارالعلوم میرٹھی یَن حضرت فقیہہ الاُمّت جامع المعقول والمنقول شیخ طریقت مولانا مفتی محمود حسن صأب گنگوہی "زید مجدہم" رحمۃ اللّٰہ علیہ ہٕنز نگرأنی منز ترتیب دیُت مُت چھُ۔ امیُک مقصد چھُ یہ زِ لوکٕٹ بڈی بالیغ نابالیغ جوان، بُڈ تہٕ شعورِ والین بچین سأرِنٕ منز گژھہ دینِ حنیفچ صحیح خدمت کرنچ تہٕ دینِ حنیفہ موکھہ گژھ ھیکھ جأنی تہٕ مأنی پرٛیتھ قسمچ قربأنی دِنُک تہٕ اتھ پیٹھ مرنُک صحیح جذبہ پأدٕ تہٕ یہند دِلہٕ منٛز نیرِہ موتُک خوف تہٕ وحشت یُس ناکأمی تہٕ بُزدلی ہُند اصلی وجہ چھُ۔

یہ رسالہٕ بُوز مےٚ گوڈٕ پیٹھہٕ اَندس تام۔ الحمدللّٰہ۔ یہ چھُ پننِس موضوٗعس تہٕ مقصدس منٛز کامیاب۔ مےٚ چھِ پٔزتھ زِ ہرگاہ عمل کرنکِہ نیتہٕ یہ بار بار غورٕ سان پرنٕہٕ ییہِ تیلہِ گژھن مذکوٗرہ مقصدن منٛز ہتھ فیصدی کامیأبی حاصِل

مۓ چھےؔ وہ میدِ زِ عزیزِ موصوف ۔وزن ہمیشہ اِڈھے ہشہ فأیدِ مئدتۂ کامیاب کتاپہ لیکھان۔ وَمَا ذالِكَ علی اللّٰہ لعزیز وَاِنَّ اللّٰہ یھدی اِلیٰ دارالسلام ولنسال اللّٰہ خیرختام۔ فقط

کتبہٗ العبدالمسکین
نظام الدین اعظمی
مفتی دارالعلوم دیوبند، ۱۹ رمضان المبارک
۱۴۰۷ھ

نَحمدہٗ وَنُصَلّی عَلیٰ رَسُوْلِہِ الکریم

اَمّا بعد فاعوذ باللہ مِنَ الشیطٰنِ الرَّجیمْ ط

بِسْمِ اللہِ الرَّحمٰنِ الرَّحِیْمْ ط

اِنَّ اللہ لَا یُغَیِّرُ ما بِقَوْمٍ حَتّٰی یُغَیِّرُوْا مَا بِاَنفُسِہِمْ الآیہ (القرآن)

ترجمہ :۔ یُزی کِنی چھُہٕ اللہ تعالیٰ کُنہٕ قوٗمچ حالت بدلاوان یوٚت تام نہ تِم لوٗکھ پننٕز حالت پانے بدلاوَن ۔

مسلمانن چھُ کالہٕ پگاہ مصیبتن ہُند مقابلہ کرُن پیوان ۔ رنگہٕ رنگہٕ کین مصیبتن منٛز چھ ہینہٕ یِوان ۔ کالہٕ پگاہ چھ مسلمانن پیٹھ فسادو ہٕندی وحشتناک ظلم کرنہٕ یِوان ۔ یمن ہٕندی چھ درندگی تہٕ بربریتُک معاملہٕ کرنہٕ یِوان ۔ یہندِس عزتس ہٕندی چھُ گندنہٕ یِوان ۔ یہنٛز اقتصادیات چھ تباہ تہٕ برباد کرنہٕ یِوان ۔ گرٕ لوٗٹنہٕ یِوان ۔ دُکان زالنہٕ یِوان ۔ کُنہٕ مسلم پرسنل لار (قوٗلونس) منٛز دخل دِنٕچ کوٗشش کرنہٕ یِوان تہٕ کُنہٕ مسجدٕ مندرن منٛز تبدیل کرنہٕ یِوان ۔ اَسی لگھ چھ یمن چیزن چھرا اَلغاَیہٕ زانان تہٕ یہند اسباب تہٕ وجہ تہٕ یہندس علاجس کُن چھنہٕ دھیان دِوان ۔ زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ چھُ کیشرن ٹُکن ہُند دینی غارت تہٕ قومی ہمدردی ہُند جوش ژھٹہٕ ماران تہٕ بارٕ جلسہٕ چھ کرنہٕ

یِوان تہٕ تتھ منٛز چھ کاںٛہہ ریزولیوٗشن پاس کرنہٕ یِوان یہِ زانٛہہ تہِ زٲسہ کوٚرحق ادا اَسہِ لٔب فتح۔

ضروٗرت چھ زِ أسی ژھانڈو قرآن تہٕ حدیثہٕ منٛز امیُک حل تہٕ علاج اَسہِ آو ونہٕ زِ یُتھ کائنالس منٛز چھُنہٕ کاںٛہہ چیز پأنٛ پانے یا اَلغاپہٕ سپدان بلکہِ چھ یِتم اللّٰہ تعالیٰ سٕندِ طرفہٕ آسان تہٕ ننٛز پأٹھۍ چھ امیکی کینہہ وجوٗہات تہٕ آسان یِم پروردگارن قرآنِ پاکس تہٕ نبی اکرمو (صلی اللّٰہ علیہ وسلم) حدیثِ پاکس منٛز فرماٗوِ متی چھ۔

اللّٰہ تعالیٰ سُند اِرشاد چھُ:

وَمَا أَصَابَكُمْ مِنْ مُصِيبَةٍ فَبِمَا كَسَبَتْ أَيْدِيكُمْ وَيَعْفُو عَنْ كَثِيرٍ ، وَمَا أَنْتُمْ بِمُعْجِزِينَ فِي الْأَرْضِ وَمَا لَكُمْ مِنْ دُونِ اللَّهِ مِنْ وَلِيٍّ وَلَا نَصِيرٍ

(سورہ شوریٰ ع ۴)

بٔنیہِ چھُ سُہ مُنتقم آسنکہِ باوجود عفو تہٕ درگزر کرہ وُن۔ چنانچہ یُس مصیبتاہ توٚہہِ واتان چھُ لے گنہ گار وسُہ چھُ حقیقتاً واتان توٚہہِ تِموی چھ عملو سببہ یِمہ تُہۍ پنہٕ نوٚ اَتھو کران چھوٚہ۔ توٚتہِ چھُو سُہ وارِیاہن گوٗنہن عفوے کران۔ بٔنیہِ ہیکیوٗن نہ تُہۍ زمینہٕ کُس کُنہِ حصس منٛز پناہ حأصل کٔرِتھ تہٕ روٗزِتھ۔ اللّٰہ تعالیٰ عأجز کٔرِتھ۔ نہ چھُ تتھ حالَس اندر تہندہ خأطرہ کاںٛہہ مددگار اہ تہٕ یأری کرِ وُناہ خدایُس ورأے۔

دوٚیمہ جایہ چھُ ارشاد پاک:

ظَهَرَ الْفَسَادُ فِی الْبَرِّ وَالْبَحْرِ بِمَا کَسَبَتْ اَیْدِی النَّاسِ لِیُذِیْقَهُمْ بَعْضَ الَّذِیْ عَمِلُوْا لَعَلَّهُمْ یَرْجِعُوْنَ۔ (سورہ الروم ع ۵)

شرک ونافرمانی ہُند اَثر چھُ تیُتھ خراب کہ ظاہر سپنز تباہی قحطہٕ تہٕ وبایہ طوفان خشکی اَندر تہٕ تری اَندر تہٕ یعنی سٕری سے دنیاہس اندر لوٗکن ہنٛزو بچھ عملوٗ ستی یُتھ اللّٰہ تعالیٰ تِمن مزہٕ ژٕہ ناوِ تہٕندین بعضے کامین ہُندیم تِمو کرِہ، دٕہ تِم پایس بین تِمو یچھ کامیو لٕنٛشہِ روزن پیٚھتہ۔ ہرگاہ یِمن مُشرکن کاٲتھ اندرکاہ شکھ چھُ۔

(بیان الفرقان ص ۲۶۰ ۔ ۲)

دہٕ شولوٗ آیوٗ ستی سپدُ مولوٗم زِ یِم سارِی مُصیبت چھ سانین بد عملن ہندِس بُنیادس پیٹھ تہٕ یِمن ہنٛز مشیت چھ یہِ زِ بندن گژھ یِمن مصیبتن ہندِ پیٚنہ ستی دِنن تہٕ ہُشیار گژھتہ ہین یِموچھ عملو لٕنٛشہ پیٚھتہ۔

اَکِس آیتِ پاکس منٛز چھُ اِرشاد:

مَا یَفْعَلُ اللّٰهُ بِعَذَابِکُمْ اِنْ شَکَرْتُمْ وَاٰمَنْتُمْ وَکَانَ اللّٰهُ شَاکِرًا عَلِیْمًا۔

اللّٰہ تعالیٰ کیاہ کرِہ تُہہ عذابس گرفتار کرِتھ۔ ہرگاہ تُہۍ سندین نعمتن ہنٛز تُہۍ شکرگزٲری کرِو بیٚیہ ییلہِ تُس پَژھ کرِو۔ اللّٰہ تعالیٰ چھُ لوٗکن ہنٛزن عملن ہُند قدردان تِمس چھ سارِنے ہندِہ حالچ پورہ خبر۔ سُہ چھُ زانان کُوہ کمہِ نیتہٕ چھُ عبادت کران۔ کَمِندِس دِلس اندر کوتاہ خلوص چھُ۔

مولوٗم سپد زِ اللّٰہ پاک سٕنٛزن نعمژن ہنٛز ناشکری تہٕ ایمانہٕ کِہن تقاضن پورٕ نہ کرنہٕ کِس بُنیادس پیٹھ چھُ اللّٰہ تعالیٰ سندِ طرفہٕ عذاب نازِل سپدان۔ یتہِ ستی چھُ یتہِ مولوٗم سپدان زِ ہرگاہ بندٕ اللّٰہ پاک سٕنٛزن نعمژن ہنٛز شکرگزٲری کرن تہٕ ایمانہٕ کِہن تقاضن پورٕ کرن تیلہِ آسن نہٕ یِمہ عذابچہ صوٗرژ۔

اللہ تعالیٰ سِندِ پیغمبرن ہنٛز شکر گزٲری چھِ یہِ زِ اللہ تعالیٰ سٕنٛزن دِژمژن نعمژن تِمہِ سِندِ حکمہٕ تہٕ مرضی مطابق اِستعمال کرنہٕ تہٕ تِمٕ سٕنٛزِ مرضی خلاف استعمال کرنہٕ نِشہ پرٛیہ بچنہٕ۔ یہٕ تِمو سٕنٛز دِژمژ وٲنٛس، أچھ کَن، عقل، دل، دِماغ، فِکر، اَتھ، کھوٗر، مال، دولت، وجاہت سٲرِی کَرو تِمہِ سِندِ حکمہٕ تہٕ مرضی مطابق استعمال یہٕ یتھن یِمن چیزن ہُند استعمال کرنہٕ نِشہ ٹھاکھ کرنہٕ چھُ آمُت تتھن کَرو نہٕ استعمال، اَتھ برخلاف کرُن چھُ یِمن نعمژن ہنٛز ناشکری، تہٕ گو عذابِ خداوندی سال کرن تہٕ سٲری اَمرن پیٹھ عمل کرُن تہٕ تمام نواہی تہٕ منکراتو نِشہ پرہیز کرن تہٕ تقویٰ اختیار کرن چھُ آسمانہٕ پیٹھٕ برکت نازل سپدنک ذریعہ۔

بیٚیہِ اَکس جایہِ چھُ اِرشادِ خداوندی

وَلَوْ اَنَّ اَهْلَ الْقُرٰىٓ اٰمَنُوْا
وَاتَّقَوْا لَفَتَحْنَا عَلَيْهِمْ بَرَكٰتٍ مِّنَ
السَّمَآءِ وَالْاَرْضِ وَلٰكِنْ كَذَّبُوْا
فَاَخَذْنٰهُمْ بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ○

ورنہٕ ہرگاہ یِمن شہرن ہٕنٛدِ بستین ہندی لُوکھ خالِص ایمان
اَنہٕ تہٕ پٔتھ کرٕہن پیغمبرن ہنٛزِ مخالفتہٕ نِشہٕ بچہٕ روزہٕن
تہٕ پرہیزگٲری ہنٛز وَتھ اختیار کرہٕن تیلہِ مُژراوہٕ ہو أسی
تِمن پیٹھ آسمان و زمینہٕ چھن برکتن ہندی درواز لیکن
تِموزون سُون پیغمبر اَپُز، تِہنٛز کرٕ کھ مخالفت۔ پس ژٔٹ اَسہِ تِم تِہنٛزو یِمو بچھ عملو سببہٕ۔ (بیان القرآن صفحہ ۱۴۱ ج ۱)

مولوم سپد زِ ایمان تہٕ تقویٰ ستی چھِ آسمان تہٕ زمینو اندر پرٛگژن ہندی بَر مُژراونہٕ یِوان تہٕ قرآن و حدیث تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم سُند نہ مانُن چھُ اللہ تعالیٰ سِندِ رَٹنک تہٕ عذابک ذریعہ۔

**تقویٰ :۔** تقویٰ چھ ونان اللہ تعالیٰ سٕندین حُکمن ہُند پور پور مانُن تہٕ کھٲکھ کرنہٕ آمتین چیزن لِشہٕ پۆرٕ پٲٹھۍ پوّت ہیوّن تہٕ نفسٲنی خاہشاتن پیٹھ عمل کرنہٕ لِشہٕ پتھ ہیوّن۔

اَمہِ قسمکۍ مضموٗن چھنہٕ دوّن ژوٕنے جاین بلکہ ہتہٕ بزن جاین نازل سپدی متۍ۔ گوڈنچہٕ آیژ متعلق چھ حضرت علی کرم اللہ تعالیٰ وجہہٗ ارشاد فرماوان زِ مےٚ لِشہٕ فرموو نبی کریمو صلی اللہ علیہ وسلمو ارشاد زِ اَمہِ آیژ ہندس تفسیرس منز وَنے بہٕ ژےٚ اے علی (رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ) یہِ کینژھا ژےٚ وٲتی بیمٲری یا کُنہ قسمُک عذاب یا دُنیہُک کانٛہہ تہٕ مُصیبت تہٕ پھژےٚ ژےٚ پننہٕ اَتھچ کمٲے۔

حضرت حسن رحمۃ اللہ علیہ چھ فرماوان زِ ییلہِ یہِ آیہ نازل سپدٲئی فرموو حضوٗر اقدسن (صلی اللہ علیہ وسلم) تمہِ ذاتُک قسم یمہِ ہندس قبضس منز میوٚن زُو چھُ کُنہِ تہٕ کاٹھرٕ ہند کھہہ، کُنہ رگہِ ہُند فوٚرُن یا کھوّر ڈلُن یا کُنہ اندٕ کُنہِ یا کینژھا تہٕ سپدان چھُ (تہٕ چھُ) کُنہِ گناہ کِنۍ سپدان[1]۔

حضرت ابو موسیٰ رضی اللہ تعالیٰ عنہ چھ فرماوان زِ نبی کریمو صلی اللہ علیہ وسلم فرموو زِ یُس تہٕ کانٛسہِ بندس کانٛہہ چھوکھ چھ لگان یا تمہِ لِشہٕ کُنہِ کم پایُک چیز واتان چھُ سُہ چھُ تمس پننہٕ کُتہٕ کرہ منز حرکژ کِنۍ واتان۔

حضرت عمران بن حصین رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ سٕندِس یدنس منز اوس کیٚاہتام

[1] حضرات انبیاءٕ تہٕ اولیاء (علیہم السلام) تہٕ معصوم شُرۍ چھ اَمہِ لِشہٕ مُچھ یمہِ ہندِ موکھ کانٛہہ مصیبت یِیُن پتھ چھُ درجات ہُرراوُن مُوجب آسان

تکلیف ۔ لگھ آسے خبر ِتہٕ لگو افسوس کرنہٕ ۔ فرموو ٚکھ افسوسٕچ کتھ کیا چھ کُمو تام گناہ کِنہٕ آو یہِ معاملہ ( مےٚ ) پیش ۔

حضرت ضحاک رضی اللہ عنہ چھ فرماوان زِیُس شخص قرآن پاک پٔرِتھ مشان چھُ سُہ چھُ لتس کُنہِ گناہ کِنہٕ گژھان ۔ بیتہٕ پوٚز ٚکھ یہوٚے آیہ تہٕ فرموو ٚکھ زِ قرآن شریف مشنہٕ کھوٚتہٕ بوٚڈ مصیبت کیاہ ہیکہِ آسِتھ ۔

حضرت اسمار رضی اللہ تعالیٰ عنہا چھ ابو بکر رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ ہٕنز صاحبزادی یمن اوس اکِہ دوہہٕ کلس دود تہٕ کلس پیٹھ اَتھ تھٲوِتھ فرموٗ ٚکھ زِمیانہِ وِسے گوٚہہٕ کِنہٕ کوٚرُن یہِ دود ۔ (دُرِ منثور، ابن کثیر)

اُسی سٕنو ہنا ۔ پننہِ نٕہن حالاتن ہیمو سام ۔ نمازیمہِ کٕس ترک کرنَس حدیث پاکس منٛز کُفرس تام واتہٕ ناوَن وول وننہٕ چھُ آمُت ۔ کُفرس تہٕ اِسلامَس وٕکھٕر وٕکھٕر کڈن واجنہٕ چھہٕ نمازٕے وَننہٕ آمٕژ ۔ ایماٚنٕچ لِنشانی چھ نمازٕے قرار دِنہٕ آمٕژ (ہرگاہ) سٕنو کانٛہہ مسلمان چھ نمازِ ہٕنز پابندی کران اِتھے کِنہٕ نِ لوٗکھ اسلامکی باقے ارکان ۔ روزٕ، زکوٰۃ تہٕ حج منٛز اکھاہ تہٕ غور کرنہٕ ییتہٕ وُچھو لوٗ اَتھ پیٹھ کانٛہہ چھ تہٕ امیٚے ستہٕ کرِی لوٗ تمام دینی حکمن ہُند اَندازٕ ۔

دوہہِ یمہِ اَنٛدٕ وُچھو لوٗ تِم چیزیم شریعتن حرام کٔرِی تہٕ کرَن والین پیٹھ کٔرِ ٚکھ لعنت تہٕ سخ تنبیہہ یمن منٛز کانٛہہ چھ رالتس دوہس آوری ۔ شراب نی لوٗ ۔ قرآن شریفس منٛز چھ اَتھ پیٹھ جایہِ جایہِ خبردار کرنہٕ آمت تہٕ ٹاکارٕ

پأٹھۍ چھُ یہِ تراونک حکم کرنہٕ آمُت۔

نبی کریمو صلی اللہ علیہ وسلم چھُ شراب چینہٕ وألِس، چاوَن وألِس، بناوَن وألِس کِنَن وألِس، ہیہٕ وألِس، سارَن وألِس، یَس نِش واتناونہٕ یِیِہ تَس پیٹھ تہٕ کِنِتھ کھینہٕ وألِس، یِمن سأرِنَن پیٹھ لعنت فرمأومژٕ۔ أکِس حدیثِ شریفس منٛز چھُکھ اَتھ گُلہم بٔدیَن ہنٛز کُنٛز وَنٛمٕژ۔

اِتھے کِنی چھُ سوٗدُک مسلہٕ۔ قرآنِ پاکس منٛز چھُ ٹاکارٕ پأٹھۍ اَمہِ لِنٛہ کھٹاکھ کرنہٕ آمُت تہٕ یہِ نہ تراوَن وألِس خلاف چھُ اللہ تعالیٰ تہٕ تسندِس رسول صلی اللہ علیہ وسلم سِندِ طرفہٕ اعلانِ جنگ کرنہٕ آمُت۔

حدیث شریفس منٛز چھُ فرماونہٕ آمُت زِ سوٗدُک چھِ ترٛ ستتھ دروازٕ (گُنہکی) یِمو منٛز سأرِوٕ کھوٕ تہٕ کم درجہ ماجہِ ستۍ زنا کرنس برابر چھُ۔ تہٕ مسلمانَن ہُنٛد دستار والن (عزت والُن) چھُکھ بدترین سوٗدس ہیوٗ فرمومُت۔

أکِس حدیث شریفس منٛز چھُ زِ سوٗد کھینہٕ وألۍ آسن قیامژ دوہ پاگلن ہندی پأٹھۍ۔

أکِس حدیث شریفس منٛز چھُ زِ یُس ماز سوٗدس پیٹھ ووٗتھ بولیہٕ سُہ گژھِ نہ جنتس۔ أکِس حدیث شریفس منٛز چھُ زِ یَتھ قومس منٛز زناکأری تہٕ سوٗدخأری پھألِہ تمۍ قومن کوٚر پننٛۍ پان اللہ تعالیٰ سِندِ عذابہٕ خأطرٕ تیار۔

پننٛین حالاتن پیٹھ کرِو ہنا غور۔ کأتِہَن معاملن منٛز چھُ نہٕ وانہٕ سوٗدی لین دین چلان تہٕ سأرِوٕ کھوٕ تہٕ یہِ کَتھ زِ یہِ چھُ جأیِز وَننہٕ یِوان۔ حدیث پاکس منٛز چھُ نبی اکرمن صلی اللہ علیہ وسلم ہُنٛد ارشاد زِ یِیِلہِ میأنۍ اُمّت یِنداہ کامہٕ کرنہٕ ہیِن اَتِی وَسَن اَسمانہٕ پیٹھٕ بلایہِ۔

(۱) غنیمتک مال بنہٕ ذأتی دولت

(۲) امانت بنہٕ غنیمتکس ہٲس ہیوٚہ

(۳) زکوٗلس زانن تاوان (جرمانہٕ)

(۴)-(۵) خانہ دارنہٕ ہنٛز فرمانبردأری تہٕ ماجہ ہنٛز نافرمأنی ہینیہ سپدٕنۍ۔

(۶-۷) یارن سیتۍ سپد رُت سلوٗک تہٕ والدینن سیتۍ ظلمُک معاملہٕ۔

(۸) مسجدن منٛز ہینیہ شور سپدٕن۔

(۹) رذیل بنٕن قومُکۍ زمہ وار

(۱۰) النسانہٕ ہندِ شرٕ لٮ۪شہٕ بچنہٕ موکھہ ییہ یہندِ اکرام کرنہٕ۔ یٮ۪لہٕ (زنہٕ) ہُہ بتم اکرامس قأبل آسہٕ یعنی النسانس آسہٕ عزت کرنہٕ یوان حالانکہٕ سُہ آسی نہٕ عزتس لایق۔

(۱۱) شراب ییہ بنہٕ وانہٕ چھنہٕ۔

(۱۲) مرد لاگن ریشمی پلو۔

(۱۳) گیون واجنہٕ ین مہیا کرنہٕ۔

(۱۴) باجہ ین عام استعمال کرنہٕ۔

(۱۵) پتہٕ ینہٕ وألۍ ہین برُونٛہ کٕنۍ آمتین (صحابہ کرام رضوان اللہ تعالیٰ علیہم اجمعین تہٕ تابعینن رد بد وٕنن۔

أتی کرن اُمتکی لۆکھ تمہ وزِ (سرخ آندھی) ووہٕ زُل واو زمیٖنس منٛز ژ‌ٔسھتہٕ وٕسنک تہٕ صوٗرژ مسخ سپدنک ہوٚن عذابن ہُند انتظار۔

اِمَوگنہو منز کُس چیزاہ چھُ تیتھۍ یتھ منز عام پأٹھۍ أزیکۍ لُکھ مبتلا چھِنہٕ اتھس حالس منز اپتیاہ نہٕ مصیبت تہٕ آفتہٕ ییٚن تمن متعلق سوچن چھُنہٕ بلکل تہٕ خیالہٕ ینیہ۔

آنچہ بر مااست از مااست خود کردہ را علاجے نیست[1]

حضرت عبداللہ بن عباس رضی اللہ عنہ چھ فرماوان زِ ییٚتھ قومس منز خیانتُک زور گژھہ اللہ تعالیٰ تراوِ اَمہِ قومہٕ کین (لوکن ہندین) دِلن منز دُشمنن ہُند خوف۔

-• تہٕ ییٚتھ قومس منز زِنا جادِ گژھہ تتھ قومس منز ہُرِ مَرن والین ہُند تعداد

-• یوٚسہٕ جماعت میینہٕ لِس تولنس منز کمی کرِہ تہنز روزی منز گژھہ کمی۔

-• یوٚسہٕ جماعت حقس خلاف فأصلہٕ کرِ تتھ منز گژھن واراہ تعدادس منز قتل تہٕ یم لوکھ معاہدن ہنز خلاف ورزی منز ہیٚنہٕ ییٚن اللہ تعالیٰ کرِ یمن کانٛہہ دُشمن مُسلط۔ (مشکوٰۃ شریف)

حضرت عبداللہ بن عمر رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ چھ فرماوان زِ حضورِ اقدس صلی اللہ علیہ وسلمو کوٚر اکہِ پھیرِ (خاص پأٹھۍ) توجہ أتی فرموو کھ اے جماعتِ مہاجرین پانٛژھ چیز چھ تتھۍ زِ ییٚلہِ تُہۍ یمن منز ہیٚنہٕ ییو خدایہِ کرِن زِ تُہۍ ییو اُمن منز ہیٚنہٕ (أتی گژھن یمن ہندی عذاب نازل)

---

[1] یہٕ کیٚنژھاہ مےٚ بیوٚٹھ (مصیبت یا صدمہٕ بیترِ) چھُ تہٕ چھُ میانیے کنہِ ییٚنہٕ لِس کرٕی متِس چھُنہٕ کانٛہہ علاجے۔ (مترجم)

۱۔ اکھ یہ زِ یِتھ قومَس منٛز فاحشات (زنا بیترِ) ژٕنٛز پاٹھو سپدنہٕ ہیٚن۔ اَتھ منٛز ووِتھہ طوعوٗن تہٕ ترٛٲیہہ لِوہ لِوہ بیمارِ یم نہٕ اَمہِ برٛونٛہہ بوزنہٕ مژے آسَن۔ ۲۔ بیٚیہِ یوٗسہٕ جماعت ناپ تولس منٛز کمی کرِ ہ سُہ ییہِ قحط، مشقّت تہٕ پادشاہ ہندِس ظُلمس منٛز ہیٚنہٕ۔ ۳۔ یم لوٗکھ زکوٰۃ رُکاوَن تِمن ییہِ روٗد تہٕ رکاوِنہٕ۔ ہرگاہ (بےٚ زبان) جانور آسن نہٕ تِمن ییہِ نہٕ اَکھ پھیوٗر تہٕ روٗد تراوِنہٕ۔ (مگر جانہٕ وَرن ہندِ ضروٗرتہٕ مطاٗبق ییکھ کم جاذٕ تراوِنہٕ۔ ۴۔ یم لوٗکھ اللہ تعٰ تہٕ تسندِس رسول صلی اللہ علیہ وسلّم سُند وعدٕ پھُٹراوَن تِم یِن دشمنن ہندِس گیرس منٛز تہٕ ۵۔ یم لوٗکھ ناحقکی حکم جاٗری کرَن تِم یِن خانہٕ جنگی منٛز ہیٚنہٕ (ترغیب) یِتہٕ چھُ حدیث شریفس منٛز آمُت زِ زِنہٕ ہیچ کثرت چھِ پھٔرس بیٚہہ ناوان۔ • اَکِس حدیث شریفس منٛز چھُ آمُت زِ یُس قوم بدعہدی (وعدٕ خلاٗفی) کران چھُ تِمن منٛز چھُ پانہٕ واٗنٛ خوٗنریزی گژھان)۔ • اَکِس حدیث شریفس منٛز چھُ یِمن لوٗکن منٛز رشوتچ کثرت گژھہ تِہندِن دِلن پیٹھ بہٕ چھُ رعبُک غلبہ سپدان (تِم چھِ پرٛیتھ کاٗنسہِ کھوژان) • حضرت کعب رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ چھِ ونان زِ یمہٕ اُمتچ ہلاکت آسہِ وعدٕ خلاٗفی کِنہٕ۔ (دُرِ منثور)

• اَکِس حدیث پاکس منٛز چھُ نبی اکرمن صلی اللہ علیہ وسلم ہُند پاک اِرشاد نقل کرنہٕ آمُت زِ یُتھ اُمتس منٛز آسہِ اَکھ جماعت رالتس دوہس کھینس چینس تہٕ لہو و لعبس منٛز آورٕ صبحس گژھن پٔنٛزٕ بن تہٕ سوٗرن ہٕنٛزن شکلن منٛز تبدیل تہٕ کیٚنٛژن لوٗکن آسہِ زمینس منٛز ژٔسِتھ گژھنک عذاب

لۆکھ وَنَن اَز راتھ کیٚتُت گو فلاٗنی خاندان ۆسھ تہٕ فلاٗنی گرٕ گوٗسھ تہٕ کیٚنژن لۆکن پیٚھ پیٚن آسمانہٕ پیٚھ کنہٕ رۄدتژاونہٕ یِتھ کنی قوم لوطس تراونہٕ آیاۓ۔ کیٚنہہ لۆکھ گژھن طوٗفانہٕ ستی تباہ یِہ ساٗلِم آسہٕ تمن یِہنز وحرکژو کنی شراب چیٚنہٕ کنی، ریشمی پلو لاگنہٕ کنی، گیوَن واجنہٕ تھاونہٕ کنی، سۄد کھیٚنہٕ کنی، قطع رحمی کرنہٕ کنی (یعنی رشتہٕ دارن ستی تعلق ژٹنہٕ کنی) امام حاکِم چھ اَتھ حدیٖثس صحیح لیکھان۔ (دُرِ منثور)

• أکِس حدیثِ پاکس منز چھُ زِ یمہِ نیکی ہُند ثواب ساٗلموٗ ۆلی میلان چھُ سُہ چھ صلۂ رحمی (رشتہ دارن ستی رُت سلوک کرنہٕ ستی) کیٚنہہ گرٕ آٗسِ چھ گنہگار آسان مگر صلۂ رحمی یعنی رشتہٕ دارن ستی رُت سلوک کرنہٕ کنی چھُ یِہند مال ہُران تہٕ شُرِین ہنز کثرت چھکھ سپدان تہٕ ساٗلموجِل عذاب اَنن وول گناہ چھُ ظُلم تہٕ اَپزِ قسم تہٕ یِہ چھُ مال تہٕ ضایع کران تہٕ زَمین ہانٹھ کران (یعنی یِہ زِ شُری چھکھ تہٕ اَمہِ موجوٗب پاٗدٕ سپدان) تہٕ بستی یِن خاٗلی کرِتھ تراوان یعنی مَرِن والین ہُند تعداد چھُ ہُران۔ (دُرِ منثور)

أکِس حدیٖثس منز چھُ آمُت زِ پرِتھ گونہگ عذاب چھُ حق تعالیٰ توٚت تام پتھ لِوان یوٚت تام سُہ وَیژھ اما پوٚز ماٗلِس ماجہ ہنزِ نافرماٗنی ہُند وبال چھُ سیٚٹھاہ ۆلۆلی تُلن پیوان۔ زندگی منزے چھُ مرنہٕ برونٹھ امیُک وبال چکاوُن پیوان۔ (دُرِ منثور)

حضور اکرمن صلی اللہ علیہ وسلم ہُند ارشاد چھُ زِ تِہُ روزِو تشوٗژی

(عفیف تہٕ پاک دامن) تِہنٛز خاندارنہٕ روزَن شوزٕ۔ تِہنٛز کٔروپٕنِنٕ والدینَن ستہٕ پرٛژرٕک معاملہ تِہنٛدٕ اولاد کرَن لۆ ہہٕ ستہٕ پرٛژرٕک معاملہٕ۔ (دُر)

اَکِس حدیثِ شریفس منٛز چھُ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمؑ سُند پاک ارشاد۔ تمہٕ ذاتُک قسم یٔہندِس قبضس منٛز میون زُو چھُ تُہۍ روٗزِو پرٛژن کامَن ہُند حکم کران تہٕ بٔدیہِ روٗزِو رُکاوان۔ یِچھ کامہٕ لِنشہٕ نتہٕ کرِہ حق تعالیٰ لۆ ہہٕ سیٹھ عذاب (نازِل) تہٕ تمہٕ وِزِ کرِو تُہۍ لکھ دُعا مگر (سُہ) سپدِ نہٕ قبول۔ اَکِس حدیث شریفس منٛز چھُ زِ حق تعالیٰ شانہٗ چھُنہٕ توٚت تام کینٛہن النسانن ہنٛد (غلط) کامٕ کرنس پیٹھ عذاب نازِل کران یوٚت تام تِمن لوٗکن برٛونٛہہ کنہٕ سُہ کامٕ کرنہٕ یِیہِ یِمن یہ رُکاوُنٕک طاقت آسہٕ مگر رکاوِنے نہٕ تہٕ یٔیلہٕ یہ نوبت وانہٕ اَتی سپدِ عام و خاصن عذاب (دُر) بێیِس اَکِس حدیثس منٛز چھُ زِ تمہٕ وِزِ کرَن تِہنٛدۍ پرٛتۍ لوٗکھ تِہندِس حقس منٛز دُعا مگر یٔہندۍ دُعایِ نہٕ قبولے کرنہٕ۔

یِمے وجوہات چھِ زِ اَزکل چھِ لۆنٛ لۆنٛ آفتہٕ بُنٛیلِہ، فسادات، طوفان، دٕزاگ ووبا، ریل گاڑین ہنٛز ٹھوٗلہ ٹھوٗل بیترِ ہوۍ حادِثہٕ دوہہ دٕشکی معمول بنیمتۍ یِمن نہٕ کانٛہہ آنتہٕ چھُ۔ لۆنٛہہ لۆنٛہہ بیمارِ، لۆنٛۍ لۆنٛۍ مصائب چھِ دوہدش یِتھ کنۍ ہُرٛان یِم نہٕ وُرۍ یِہ بدلہٕ برٛونٛہہ زانٛہہ اَسی پیش یِوان۔ اَخبارٕ پرَن والۍ حضرات چھِ اَمہ لِنشہٕ جانہٕ واقف۔ امر بالمعروف (رِژٕ کامہٕ کرنُک حُکم) تہٕ نہی عن المنکر (یِچھ کامہٕ لِنشہٕ یِتھ رٹنُک) دروازہ چھُ اَلہٕ پَلہٕ بند گومُت۔ لہٰذا چھُ اَمہ موجوب دُعاہن ہنٛدِ قبول سپدنٕچ وۄمید تہٕ مُشکِل۔ چھِرا نمازو پتہٕ دُعاہن ہُند اعلان

کرنہٕ ستی کیاہ کفایَت سپدِ ییٚلہِ کہِ زن دُعا قبول نہ سپدنکۍ اَسباب اُسی پانٔے اختیار کرَو۔

وارِیاہن حدیثن منز چھُ رشوت دِنہٕ والِس تہٕ ہینہٕ والِس پیٹھ لعنت کرنہٕ آمٕژ تہٕ کینژن رِوایتن منز چھُ رٲیِش ییُٛس دوٚن (رشوت دِنہٕ والِس تہٕ رٹن والِس) درمیان واسطہ یعنی مُنزِمس دزالِس پیٹھ تہٕ لعنت کرنہٕ آمٕژ۔ غور کرِو اَتھ منز کأتیاہ چھ مُبتلا تہٕ یمن پیٹھ اللہ تعالیٰ سُند بُزی لور تہٕ مقبول رسول صلی اللہ علیہ وسلم لعنت کرِ۔ تمُ سُند حَشر کیاہ آسہِ۔

أکِس حدیثس منز چھُ زِ ظُلم مہٕ کرِو (تہٕ کیازِ) تہندی دُعا گژھن نہٕ ظُلم کرنہٕ کنی قبوٗل۔ دوٚیمِس منز چھُ زِ اللہ جلّ شانہٗ چھُ ظألمس مہلت دِوان (یُتھ سُہ باز ییہِ) مگر ییٚلہِ رٹان چھُس بیتہٕ چھُنہٕ ہیکان مُچھ گژھِتھ۔ حق تعالیٰ سُند اِرشاد چھُ:

وَکَذٰلِکَ اَخْذُ رَبِّکَ اِذَآ اَخَذَ الْقُرٰی وَھِیَ ظَالِمَۃٌ اِنَّ اَخْذَہٗٓ اَلِیْمٌ شَدِیْدٌ ۝ (پ ۱۲، سورہ ہود آیت ۱۰۲)

یتھے پأٹھۍ کیا چھُ آسان چأنس پروردگارُن سُند رٹن تہٕ گرفتار کرُن۔ ییٚلہِ سُہ کُنہ شہرہ کین لوٗکن تہِند ظلمہٕ تہٕ کُفرِ سببہٕ رٹان چھُ۔

(بیان القرآن ج ۲ ص ۵۷۴)

حدیث شریفس منز چھُ اُمٔت زِ مظلوم سُند بَد دُعا چھُ قبوٗل سپدان بامیٚ سُہ بدکارِ اُسی تن۔ بیٚیِس حدیث شریفس منز چھُ باقیٚ سُہ کأفرے اُسی تن۔ (ترغیب۔ حصن حصین) بیٚیِس حدیث شریفس منز چھُ اُمٔت زِ اللہ

لعالیٰ چھُ اِرشاد فرماوان زِ میوٚن شرارت چھُ تِمس شخصس پیٹھ سیٹھاہ سخ آسان یُس کانٛسہِ تِتھس شخصس پیٹھ ظُلم کرِ (یُس بے سہارٕ آسہِ) یُس نہ مےٚ روٚس کانٛہہ مددگار آسہِ۔ (معجم صغیر)

بسترس از آہِ مظلوٗماں کہ ہنگامہ دُعا کردَن

اِجابَت اَز درِحق بہرا استقبال می آید[1]

بنی کریم صلی اللہ علیہ وسلم سُند اِرشاد چھُ زِ یُس زمیٖن والین پیٹھ رحم چھُنہٕ کران آسمان وول یعنی اللہ تعالیٰ چھُنہٕ تِمن پیٹھ رحم کران۔ (ترغیب) ییٚلہِ مظلوٗمن ہُند دُعا دوٚہہ کھوٚتہٕ دوٚہہ ہُرَن تہٕ اَسمانہٕ واٚلِ تہٕ کرَن نہٕ رحم اَمِ پتہٕ ییٚترٕ تہٕ ترٕٹہٕ تہٕ ڈوٚکھٹہٕ تہٕ طوٗفان یِن یِمن ہندِ یُک خیال کرُن چھُ قدرتی۔

حضرت سُفیان ثوری سُند قول چھُ نقل کرنہٕ آمُت زِ اکِہ پھِرِہ ووٚتھ بنی اسرائیلن قحط یُس سَتن وَرٕیَن رُود یوٚت زِ لوٗکو اُنٛی ژھوٚلٕہ پیٹھ مُکرٕ تُلِتھ تہٕ کھیٚوکھ تہٕ النسان کھینس تام واٚتھ واٚری۔ تِکھ اسی پٕریتھ دوٚہہ کوٚہن تہٕ وَنَن کُن دُعا کرنہٕ نیران۔ حق تعالیٰ ہَن سوٗزی تِمہِ وقتہٕ کِہن نبیَن (علیہ السلام) کُن وحی زِ تِہنٛزٕ زیوٕ گژھی تَن دُعا کرٕی کرٕی خشک تہٕ تِہُندی اَتھ ووٚتھی تَن اَسمانَن تام دُعا موٚکھ یہٕ کرِہ نہٕ توٚت تام کانٛسہِ وَدَن واٚلس پیٹھ رحم یوٚت تام نہٕ یانہٕ وٚاتی

---

[1] آہِ مظلوٗمَس کھوٚژ (نہٕ کیازِ) ییٚلہِ سُہ دُعا کرنہٕ ووٚتھان چھُ دُعاہِچ قبولیت چھِ اللہ تعالیٰ سِندِ دروازٕ پیٹھ پانٛے استقبالُس وَسان۔ (مترجم)

(اَکھ اَکس پیٹھ) کرنہٕ پیٚہ وول ظُلم دور کرنہٕ ییہ۔

وہٕنی وُچھو تو دُنیہکۍ ظُلم پیٚہ سوٗنچِو تو ییِلہٕ اللہ تعالیٰ ہنٛز طرفہٕ سختی سان ییِہ تمہٕ وِزِ کیاہ آسہٕ مصیبتن تہٕ پریشانیَن ہُند آنٛتھ۔

اَکِس حدیث شریفس منٛز چھ اُمّت زِ صدقہ کرنہٕ ستۍ چھُنہٕ مال چھوٚنان تہٕ یُس شخص ظالمس معاف چھُ کران حق تعالیٰ شانہٗ چھُ تمۍ سُند عزّت ہُراوان۔ لہٰذا کرِو ظُلم معاف۔ حق تعالیٰ کرِو تۄہہٕ عزت عطا۔ تہٕ یُس شخص بیچھنکۍ بر چھُ مُژران اللہ تعالیٰ چھُ تسنٛدِ موکھہٕ غربتکۍ بر مُژران۔ (معجم صغیر)

اَکِس حدیثس منٛز چھُ اُمّت زِ ییِلہٕ میانٛز اُمت عالِمن ستۍ دِے (بُغض) تھاوِنۍ ہیٚیہ تہٕ بازرن (یعنے دُکانَن) ہنٛز تعمیر ہیٚیہ چمہٕ خمہٕ سان سپدِنۍ تہٕ روپیہ جمع کرنس پیٹھ ہیٚن نِکاح سپدِنۍ (یعنے خاندر کرنہٕ موکھہٕ آسہٕ دیانت داری تقویٰ (خوفِ خدا) تہٕ دینداری بجایہٕ مالدار آسنُک لحاظ کرنہٕ یِوان) اَتۍ کرہ حق تعالیٰ شانہٗ تمن پیٹھ ژور چیز مسلّط۔ زمانٕک دراگ، پادشاہ سُند ظُلم، حکمن ہنٛز خیانت تہٕ دُشمنن ہُند حملہٕ۔ (حاکم)

حضرت علی کرم اللہ وجہہٗ سُند اِرشاد چھُ زِ گنٛہ مزدوری چھُ عبادتس منٛز سُستی، رزقس منٛز تنگی تہٕ لذتھ کمی۔ (تاریخ الخلفاء)

حضرت اَنس رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ چھُ فرماوان زِ مےٚ فرموو آنحضرتؐو صلی اللہ علیہ وسلم زِ وضو آسس اَری پاٹھۍ کران۔ اَمہٕ ستۍ چھُ واٗلنہٕ منٛز ہُرہ پر (برکت) سپدان تہٕ چانۍ راچھو درٕ ملک ہیٚنہٕ ژنٕے لول برُن۔ (طبرانی صغیر) بیٚیہ کرہ

نفل نمازِ ہُند کانٛہہ حِصہٕ گرٚس منٛز پرٛن مقرر۔ اَمہٕ ستۍ سپدِ گرٚس خارٚس منٛزِ تہٕ ہُریر۔ بٔیِہ بیٚلہِ گرِ اژان آسکھ اَتی اَمزِ گرِ والین سلام کران اَمِچ برکت آسی ژٔے تہٕ بٔیِہ چانٛین گرِ والین ہیٚتھ تہٕ۔

یِمو سانٛلو رِوایتو ستۍ چھُ واش نیران زِ اللہ تعالیٰ سٕنٛز نافرمانی چھ کثرتہٕ سان مصیبت تہٕ حادثہ ییٚنک وجہ بنان تہٕ اللہ تعالیٰ سٕنٛز فرمانبرداری تہٕ اطاعت چھُ ہمیشہ نجاتُک ذریعہ۔

اَز چھ أسی ہینٛہٕ لِس اَکھ ژھرٚس، گداگری تہٕ لوٚچھ لوٚچھ ہوٚل گنڈِتھ وٚدان۔ ہنا (ہےٚ) غور کرٚو اللہ تعالیٰ چھُ مالک الملک۔ قادرِ مطلق سُند ارشاد چھُ زِ "اے آدمہٕ ہندِ گوٚبرٕ ژٕ کڈ میانہٕ عبادتہٕ موکھ وَخ بہٕ کرٚن چُون سینہٕ امیری تہٕ بے فکری ستۍ پوٗرٕ تہٕ چوٗن فقر (لوٚچھ) کرٕ دوٗر۔ تہٕ ہرگاہ ژٕ یہ کرکھ نہٕ بہٕ پھساوکھ ژٕ آوریرن منٛزٕ تہٕ چون ژھرٕ بہٕ کرٕ نہٕ ختم۔

صحیح حدیثس منٛز چھُ اللہ جلّ شانہٗ سُند اِرشاد آمُت زِ:

"ہرگاہ بندٕ میانٛز (پوٗرٕ پوٗرٕ) طاعت و فرمانبرداری کرِن بہٕ تراوِ اَتس تہٕنٛزِ نیٚندرِ دوران رٔدتہٕ دوہس روزِ آفتاب نوٗن (ییُٛتھ نہ کانٛہہ بارٕس منٛز حرج سپدِ۔ گگرایہٕ ہنٛز آواز تہٕ بوزن نہٕ تہٕنٛدی کَن (ییُٛتھ نہ تمن رتٕھ تہٕ خوف یا ہراس سپدِ۔ (جامع الصغیر)

مگر سانٛین عملن ہنٛز شہمت زِ رٔد کم ہیٚنٛچ شکایت چھ دوہہ کھوٗتہٕ دوہہ ہُران تہٕ ییٚتہٕ ووٗنی رٔد ہیوان (تہٕ) چھُ تتہٕ چھُ لِسا اوقات سُہلابٕچ صوٗرت

اختیار کران۔

أسی کأتیاہ چھ ییٚنہٕ موکھ ژٕ ظأٔلم زٕ سانہٕ عملہٕ چھَ اَسہٕ ہلاکتس منٛز تراوان، مصیبتن منٛز مبتلا کران تہٕ أسی چھ زلوٗءٕ ستیٚ مسلمانَن ہنٛز تباہی ہندی بأتھ گیوان۔ سأنی مثال چھَ تمس بیمارٕ سنٛز ہِش یُس مجلوٗسی چھُ گژھان تہٕ (ییتہٕ چھُ) ییٚنہٕ ییتہٕ ییٚنہٕ مُسل گژھنک دوا کھیوان تہٕ کرِٛہکہ نادکران زِ مجلوٗس چھِنہٕ درانیٚ۔ کاہِنہ وَنِہ نا أمس بے وقوٗفس زِ ژٕ ہیٚ مُسل گژھنُک دوا کھیوان چھُکھ۔ اَمہٕ ستیٚ رُکنیا ژٕے مجلوٗسی کیٚنہٕ جادٕے لگنہٕ۔

اِتھیٚ کنیٚ چھُ اَسہٕ حأکمن ہندِ ظلم وستمُک وَلوٗن تروومُت حالانکہ یِم چھ سانہٕ وٕے عملوَ کنیٚ اَسہٕ کَلس پیٹھ سوار کرنہٕ آمتیٚ۔ یِمو لِنشہ مُچھِہ گژھُن چھُنہٕ گوٗنہو لِنشہ توبہ کرنہٕ ورأے تہٕ اللہ تعالیٰ سنٛز مکمل اِطاعت تہٕ فرمانبرداری کرنہٕ ورأے ممکنہٕ۔ بنی اکرم صلی اللہ علیہ وَسلمّ سُند اِرشاد چھُ۔

کَمَا تکوٗنُوٗنَ کذالِکَ یُوٗمَّرُ عَلَیکُمُ (مشکواۃ)

"یتھی تہی (ییٚننن عملن ہنٛدِ اعتبارٕ أسو) تِتھیٚ ین توہہ پیٹھ حأکِم مقرر کرنہٕ"۔ دوٚیمِس حدیثس منٛز چھُ بنی اکرم صلی اللہ علیہ وسلم سُند اِرشاد زِ اللہ جلّ جلالہٗ عم نوالہٗ۔ سُند اِرشاد چھُ زِ "بہ چھُس اللہؐ، مےٚ ورأے چھُنہٕ کاہِنہ عبادتس لایق۔ بہٕ چھُس پادشاہن ہُنٛد مالِک تہٕ پادشاہن ہُنٛد پادشاہ۔ پادشاہَن ہُنٛد دِل چھ میأنس اَتھس منٛز یِیلہِ بنٛدٕ میأنی فرمان بردأری کران چھ أتی چھُس بہٕ پادشاہن ہُنٛد

دِل یہندِ شرارِ تہٕ تہٕ اِنتقامَس کُن پھِران یمہٕ سیتی تِم یِمن سخ عذاب (تکلیف) واتہٕ ناون چھِ ہیوان لہاذا کرِو تہٕ یُ پادشاہن دُعائے بد کرنہٕ بجایہٕ منٕ کُن رجوٗع۔ بییہ کرِو مےٚ کن عجز وزآری یتھ یہٕ یِمو تکلیفو لِنشہ تُہۍ رچھو۔

حق تعالیٰ شانہٗ سُند اِرشاد چھُ

وَکَذٰلِکَ نُوَلِّیْ بَعْضَ الظّٰلِمِیْنَ بَعْضًا بِمَا کَانُوْا یَکْسِبُوْنَ۔

(سورہ انعام ع ۱۵)

یِتھے پأٹھۍ تھاوو کھ أسۍ اَڈۍ گنہگار بییَن گنہگارن نزدیک یِتھ پأٹھۍ تِم دُنیاہس اندر یکہٕ وٹہٕ روزِتھ یِچھ کامہ کران آسن۔

(بیان الفرقان ج ۱ صہ ۳۶۲ آیت ۱۳۰)

اَمہِ کِس تفسیرس منز چھِ مختلف قول۔ صاحبِ جلالین وغیرو چھُ یہوٚے تفسیر اختیار کوٚرمُت۔ حضرت قتادہ رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ چھِ فرماوان زِ ظالِم اِنسانن پیٹھ چھِ ظالِم جن یِوان مسلط کرنہٕ تہٕ اعمش رحمۃ اللہ علیہ چھِ فرماوان زِ ییلہِ لوٗکن ہنٛز عملہٕ خراب چھِ گژھان أتی چھِ یِمن پیٹھ بدترین لوٗکھ حاکِم بناونہٕ یِوان۔

أکِس حدیثس منز چھُ زِ ییلہِ اللہ تعالیٰ کُنہِ قومچہ بہبوٗدی ہُنٛد اِرادٕ چھُ کران أتی چھُ حلیم تہٕ بردبار لوٗکن یِہندۍ حاکِم بناوان (یِم نہٕ شرارتس منز بے گنڈ گژھن) تہٕ عالِم چھِ یِہُند فأصلہٕ کران (یِتھ علمچہ روشنی منز یِم حقک فأصلہٕ کرَن) تہٕ مال چھُ سخی لوٗکن ہندِس اَتھس منز دِوان (یِتھ پرٛیتھ شخصس یہنٛز سخاوژ لِنشہ نفع واتہٕ تہٕ ییلہِ کُنہِ قومچہ بدأعمالیو کِنہ بُرأیی ہُنٛد اِرادٕ چھُکھ آسان أتی چھُ بےوقوفن حاکِم

بناوان۔ جاہلن ہندلو اَتھو چھِ یِہندی فأصلہٕ سپدان تہٕ مال چھُ کنجوٗسَن دِینہٕ یِوان۔

دوٚیمِس حدیثس منٛز چھُ آمُت :

یِیلہِ کُنہٕ جمأژ بیٚیہٕ اللہ جلّ شانہٗ سُند شرارت چھُ آسان تہٕ آخری عذاب مِثالے زمینس منٛز ژَسہٕ وَسُن صوٗرژن ہُند مسخ گژھن نازِل چھِنہٕ گژھان تیٚلہِ چھُ نرخن منٛز ہُرہ بر کران۔ روٗد چھُ بند کران تہٕ بدترین لوٗکن چھُ حأکِم بناوان۔ ( طبرانی )

أکِس حدیثس منٛز چھُ زِ

پنٕنٛ دِل مہٕ کرِو حأکمن تہٕ پادشاہن لبکہٕ ژارنَس منٛز آوری بلکہِ کرِو اللہ تعالیٰ سُند قُرب حأصل تہٕ ظوٗن کرِتھ کرِو یِہندِ موکھہٕ دعائے خأر زِ اللہ تعالیٰ کرِن یِہندی دِل توٚہہِ پیٹھ مہربان۔ أکِس بُزرگس بوٚرُوتھہ کَنہِ ہیٚوت کمی تام حجاج بن یوٗسفس بدُعا کرُن۔ تِموٚ فرموٗوہس یِہ مہٕ کرِو یِہ کینژھا سپدان چھُ تہٕ چھُ تُہٕنٛزنے عملن ہُند نتیجہ ۔ مےٚ چھُ خوف زِ ہرگاہ حجاج معزول سپُد یا مُود، لوٚہہِ پیٹھ گژھی نہٕ بٕنٛزی یا سور حأکِم بناونہٕ یِنٕ۔ ( مقاصدِ حسنہ )

اَعمالُکم عُمّالُکُم چھُ اَکھ ضرب المثل یمیُک مَطلب چھُ زِ تُہٕنٛز عملہٕ چھِ تُہندی حأکِم۔ یِژھہ عملہٕ آسنَو تِتھی یِنوَ حأکِم مُسلّط کرنہٕ۔

شہزادٕ ہرگاہ پادشاہ سنٛز نافرمأنی تہٕ بغاوت چھُ کران تہٕ سمجھأوی

سمجھاؤ ی تہٕ چھُنہٕ کُنہٕ پأٹھۍ تہٕ باز یوان۔ پادشاہ چھُ لتس پیٹھ جُہرس دُر دِنہٕ موکھ مقرر کران۔ شہزادٕ ہیکہٕ نہٕ امہٕ وزِ پننہٕ طاقتہٕ أمس جُہری سُند مقابلہٕ کرِتھ تہٕ کیازِ سُہ جُہر چھُ امہٕ وزِ پادشاہ سُند مقرر کوٚرمُت آسان۔ پادشاہ سٕنز حمایت چھَ امہٕ وزِ أمس ڈٔکھس لہٰذا چھُ أمس لنش ہیچنچ صورت چھَ ایہاۓ زِ پادشاہ سندہِن پدہِن تل پیوٚن پننہٕ غلطی ہنٕز معأفی منگنہٕ تہٕ لغاوتہٕ لنشہ پتھ ہیوٚن تہٕ پتہٕ چھُنہٕ کأنسہٕ جُہرِس کیا کأنسہٕ وزیرس تہٕ دولہٕ وُچھُنک طاقت تہٕ یوٚت تام نہ لغاوتہٕ لنشہ باز پیہٕ برابر روزِ پأزارٕ رٹان تہٕ چوب کھیوان۔

یِمو سُطرو سٕتۍ دڑاو یِتھ کنہِ واش زِ اللّٰہ تعالیٰ سٕنز نافرمانیہٕ چھَ دُنیہس منٛز مصیبتن ہُند وجہ تہٕ رٕژ عملہٕ چھُ دُنیہس منٛز کامیأبی ہُند ذریعہ۔ اَز چھِ أسی لوٗکھ حأدثن مصیبتن تہٕ فسادَن ہنٕز شکایتہٕ ہوٚل گنڈِتھ کران تہٕ پڑہِتھ وِزِ چھِ الغامچ آش ہیتھ روزان تہٕ یِمن کامن پیٹھ یِمہٕ الغام میلان چھِ تِمو لنشہٕ چھِ غأفِل بلکِہ یِہُند مقابلہٕ کران تہٕ زأنِتھ مأنِتھ تراوان تہٕ ہرگاہ کانٛہہ حِسس تہٕ دِیہٕ لتندی چھِ دُشمن بنان۔

سأنی مثال چھَ بلکُل تتھۍ شخصس ہِش یُس مجلوٗسی آسہِ گرژھان تہٕ پڑہِتھ دوٗیِہ گأنٹہِ پتہٕ کھیٚیہِ سقمونیا (مجلوٗسی گرژھنک دوا) تہٕ کرِ نکہٕ نادلاگہِ زِ مجلوٗسی چھُنہٕ بیٚہان تہٕ ہرگاہ کانٛہہ لتس سقمونیا کھینہٕ لنشہِ منع کرِہ لتس وَنہٕ بے وقوف۔

حالانٛی چھَ نِہ اکھ معمولی ڈاکٹر چھُ کُنہِ چیزس نقصان دہ وَنان۔ اکھ کافر ڈاکٹر کرِہ اعلان زِ اَزکل چھ اَمرُوٗدٕ ستی DIAROHEA دژوہ کہٕ تہٕ مجلوٗسی لگان۔ کوٗمن کوٗمن رُستمِ زمانن دَرن نہٕ امرُوٗد کھینس رانہٕ۔

اَکھ چھُہر وَنہِ زِ یتھ کوچس منٛز چھُ سیٹھاہ بوٗڈ کرٛوٚہن سٕر یِھ۔ کمَن کمَن بہودُرن سپدِہٕ جُرت زِ اَکھ کوچس منٛز گژھ ہَن۔

اَکھ نَم ناس (جاہِل گاوندی) وَنہِ زِ یَتھ وَتہِ پیٹھ چھُ اَکھ سِہہ بِہتھ۔ تیارٕ روزِنہٕ وَتہٕ پکنچ ہمتھے تہٕ اللّٰہ جلّ جلالہٗ سُند پاک تہٕ پوٚز رسول صلی اللّٰہ علیہ وسلّم، سُہ شفیق تہٕ حکیم مربّی یمس پزٕ پٹھ وَخنہٕ اُمیچہ بہبوٗدی ہنٛز فکر چھ تہٕ اَمیُک اہتمام چھُکھ چھُ اُمتس نفع دِنہٕ والین چیزن ہُند حکم دِوان تہٕ نوقصان واتہٕ ناوَن واجہ نو کامو لِنشہٕ چھُ پھتھ رٹان، اما پوٚز اُمّت چھِنہٕ پننہٕ نیازمندی تہٕ جان فدائی ہند لوٚز پٹھو زیٹھو دعوہو باوجوٗد تہندِ ین اِرشادَن ہُند پروا ے کران، کوتاہ نوٚن ظُلم چھُ۔

لہٰذا ہتٕ وِوَژہ بتس زِ مسلمانَن ہنٛز بجائی تہٕ کامیابی ہُند دارِ مدار چھُ چھُ مذہبچ پأروی تہٕ اُسوۂ رسول صلی اللّٰہ علیہ وسلّم تہٕ صالحن ہُند طریقہٕ اختیار کرنس تہٕ بدکاری لِنشہِ لوٗرِ پاٹھ پرہیز کرنس پیٹھ۔ یہوٚے چھُ آخرتس منٛز لکارِنہٕ وول چیز۔ یہوٚے چھُ دُنیہس منٛز کامیابی ہُند سبب۔ اَمہِ وراے چھِنہٕ دوٚیم کانٛہہ وَتھاہ مُنزلس کُن لکان بلکہ

یہ ز یہ کینٛہ ہا اٲس خلاف چھُ تہٕ منٛز چھُ مسلمانَن ہندِ موکھہٕ ہلاکت تہٕ بربادی آخرتک گاڑہٕ تہٕ دُنیہٕ ہُند نقصان۔

اٲسۍ یِمہٕ عمل کٔرِتھ اَسہِ بۄڑونہِم حضرات ترقی ہندِس تھٔنگس واتِتھ سا سہ بۄز قلایہ زیٚنِتھ مۄژ۔ لچھ کرور آبادیہ مسلمان بناوِتھ آسکھ تتہٕ اِسلامی حکومتہٕ قایِم کرِمٕژ۔ بڈِٕن بڈِٕن جابر پادشاہَن ہٕنٛز کاراس تمن بۄرونہہ کنہِ لومرِتھ۔ قیصرِ روم ہیوٗ دبدبہ والہِ پادشاہَن کٔر ہابتہٕ ستہِ مقابلہٕ لشہٕ ژٕلنٕچ وَتھ اختیار۔

بلکہ نہ اِنسانہٕ نے یِمہٕ زمینس تہٕ سمندرن، گُلن تہٕ کنِن، جانورن تہٕ چاروایَن ساٲلمَن یِمہٕ آسکھ فتح حاصِل۔

افریقہٕ کِس تمِس خطرناک وَنس منٛز ییٚتہٕ پرٛیتھ قسمکی موذی جانور سیٹھاہ تعدادس منٛز روزان اَسۍ، آیہ چھاونی تراونٕچ ضرورت پیش حضرت عقبہ رضی اللہ تعالیٰ عنہ لشکرِکی امیرن کوٗر اوٚت وٲتِتھ اعلان:

"ہیٚیے زمینس منٛز روزن والیو جانورو تہٕ دُرندو اَسہِ صحابن ہٕنٛز جمأژ چھُ یتھ جایہِ قیام کرُنک ارادٕ، لہٰذا نیرِو ہتہٕ ییٚتہٕ۔ اَمہِ پتہٕ یُس تہٕ تۄہہ منٛز اَسہِ ییٚتہٕ لبولوٗ کروٚن اَسۍ قتل۔"

یہ اوس اعلان یا کانٛہہ زٕژ (بجلی) لیُس یِمن دُرِندن تہٕ موٗذی جانورن منٛز سیٹھاہ وُٚلِ پھٲلیو تہٕ دژلے پننٕ بچہٕ ہیتھ۔" (اعشاعنہ)

حضرت سفینس رضی اللہ عنہٗ راوٕ اَکِس موقعس پیٹھ وَتھ ہنگہٕ منگہٕ

آو اَکھ سہہ بڑوہُہ کُن ۔ تموٚ ووٚن سہس ہِ پہ چُھس حضور صلی اللہ علیہ وسلم سُند غلام ۔ مے آو پہ معاملہ بیش ۔ سہہ دڑاو ہوٚنی سندی پاٹھو لٹ گلہ وان گلہ وان اُمس ستی تہ بیٹھہ کُنہ وَ تہ منز خطرِچ کہتھ بیش اُس یوان سُہ اوس دوران لوٚری کُن گژھان تہ لس ستی اُنز راوِنھ اوس بیٹھہ واپس یوان تہ اِتھے کنی لٹ گلہ وان گلہ وان اُمس ستی پکان یوٚت تام سُہ لشکرس تام واتہ لوٚوُن تہ آو واپس ۔ (مشکوٰۃ)

فارسچہ لڑایہ منز بیٹھہ مداینس پیٹھ حملہ سپدن وول اوس وَتہ منز اوس دریائے دجلہ یوان ۔ اُتی آسہ کاٚ فِروتتہ ناوِ بیتر تہ ینمہ سُتھ تہ مسلمان یمن پیٹھ حملہ کرِتھ ہیکن ۔ برساتک موسم تہ اوس تہ سمندرس تہ اُسی ملروو تھان ۔ امیرِ لشکر حضرت سعدن (رضی اللہ عنہٗ) دیُت حکم زِ مسلمان ترآوِن سمندرس منز گُری ۔ زِنز لفر رؤدی یکہ وَتہِ پکان ۔ گُری آسہ سمندرس منز کُنہ درنگی ورائے تران ۔ حضرت سعد رضی اللہ عنہٗ اُسی بار بار فرمادان :

"خدایہ سُند قسم اللہ جل شانہٗ کرِ ضروٚر پننین دوستن مدد تہ پننِ دین کرِ ہ غائب تہ دُشمن کرِ ہ مغلوب یوٚت تام نہ لشکرس منز ظُلم (یا زِنا) سپدِ تہ یا گژھن تہ پرژرن پیٹھ گناہ غالب ۔ (اشاعتہ)

مرتدن ہنز لڑایہ منز سوٚزی حضرت صدیق اکبرن رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ حضرت علامہ حضرمی رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ امیرِ لشکر بناوِتھ مُلکِ بحرین

کُن۔ اَکس تھِس وَلِنس کُن لگہ ییٚتِہ نہٕ آبُک (نیب) لِشانٕے کانٛہہ اوس لگھ گے ترٛیشہِ دادِہ مرنہٕ سر۔ حضرت علا رضی اللّٰہ عنہٗ وُتھِ گرِ بیٚہِ ژٕ لوٚن۔ زٕ رکأژ نمازٕ پٔرِکھ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚرُکھ دُعا۔ یا حَلِیمُ یا عَلِیمُ یا عَلِیُّ یا عَظِیمُ اَسقِنَا۔ اکھ معمولی اوٚبرُ کھوٚت تہٕ فورن بییٚو روٗد یوٗتاہ زِ سأری چیٚوو پانہٕ تہٕ بانہٕ تہٕ بٔرِکھ سوارِ تہٕ چاوِکھ۔ اَتہٕ موکلِتھ اوسُکھ سمندرس ترُن۔ دُشمنو آسہٕ ناوِ تہٕ زاجمٕژ یُتھ نہٕ مسلمان یِمن پتہٕ ہیکن دوٗرِتھ حضرت علا روٗتِ سدرٕ بُٹھِس بیٚہِ ژ زٕ رکأژ نمازٕ پٔرِکھ تہٕ کوٚرُکھ دُعا یا حَلِیمُ یا عَلِیمُ اَجِزْنَا یا عَظِیمُ اَجِزْنَا تہٕ گُرِ ہٕنٛز لاکم رٹِتھ ترٛاوِکھ سمندرس منٛز وٕ وِتھ۔ حضرت ابوہریرہؓ چھِ فرماوان زٕ آسہٕ آسی آلِس بیٚہِ ژ پکان۔ خدایہٕ ہٕنٛز دٕرٕ ے نہٕ گے پٔدی اَدرِ نہٕ گے موزٕ اَدرِ نہٕ اَدرے یہٕ گُرِ پٔڈر (ییٚلہِ زَن) ژٕوٚن سائَن (الفرن) ہُند لشکر اوس۔ (خمیس)

اَمہِ قسمکی واقعات چھِ یِمن حضراتن سیٹھاہ تعدادَس منٛز پیش آمتیٚ۔ یِہنٛز گٕنٛزرٕنہٕ مُشکل چھُ۔ اَوٕ پتہٕ چھُ باأقین خدا دوستن تہٕ اَمہِ قسمکی واقعات سیٹھاہ تعدادس منٛز پیش آمتیٚ۔ کیا پٕژکِتھا چھُ وَننہٕ آمُت ؎

لو ہم گردن از حُکمِ داور مپیچ

کہ گردن نہ پیچد زِ حُکمِ تو ہیچ

ژٕ مہٕ پھِر گأر خدایہٕ سٕندِس حُکمس، چأنِس حُکمس تہٕ پھِرہ نہٕ کانٛہہ کار۔ بُتھ مہٕ پھِر

یعنے ژٕ کر خدایہ سٕنز فرمانبرداری۔ دُنیہِک پرٕ ہِتھ کاہنہ چیز کرِ چانٕہ فرمانبرداری۔

تہٕ یمن حضراتن تہٕ سپٕز کُنہٕ وِزِ کانٛہہ لغزش یمہِ کنہِ یمن تہٕ مشقت تہٕ تکلیف تُلُن پیو۔ غزوۂ احدُک واقعہ چھُ مشہورزٕ نبی اکرمن صلی اللہ علیہ وسلم (ہندِس شالس منٛز) ادنیٰ نافرمانی کرنہٕ یو سہ غلط فہمی کنہِ سپٕز کانٛژاہ دِقت تہٕ پریشانی کرٕ مسلمانن۔ غزوۂ حنینس منٛز گو مسلمانن پننِس کانٛفی تعدادس پیٹھ گھمنڈ یمہِ کنہِ تِہنٛز دِقت سپٕز زِ زمین ژھیٚیہ پننٕہ قرآنِ پاکس منٛز بیان کرنہٕ آمُت چھُ۔

مرتدن ہنٛزِ لڑایہِ منٛز دژاو قبیلہ بنو حنیفس ستی مقابلہ کرنہٕ وِزِ حضرت خالدِ بن ولید رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ ہنٛزہ زلواکھ لفظ زٕ "یمہِ کیاہ چیز چھِ اتھِن ہوِن (کتھِن) ستی چھُ اسہِ بوزِتھ تہٕ زِ پننہ کھیوٗمُت) یمہِ کنہِ پیٚیہٕ زوردار مقابلچ نوبت وأژ۔

کُنہٕ وِزِ بنیو کُنہِ اکہِ سُنتک ترأون تہٕ زیٚنہٕ لَس منٛز ژیر لگنک وجہ سُنتس پیٹھ سپٕز عمل تہٕ فتح میج۔ امہِ قسمکو واقعات تہٕ چھِ سیٹھاہ تعدادس منٛز بُتھِ آمتی۔ اَوے کنہِ اس یمن حضراتن فکر روزان زِ کُنہِ قسمچ کانٛہہ نافرمانی یا کانٛہہ لوکُٹ سنت گوٚژھ نہٕ اَتھِ گژھن تہٕ اِمیچ آسہ اَکھ اَکس تاکید کران روزان۔

حضرت عمر رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ فرمو و امیرِ لشکر حضرت سعدس رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ ملک عراقچہ لڑایہِ وِزِ نصیحت "اَتھ پیٹھ کرٕی زِ پننہٕ گھمنڈ زِ ژٕے

مٔنز اکثیک تہٕ اِنکار کرِہ۔ تٔس سٟتؠ گژھہِ قتال کرُن۔ (خمیس)

حضرت عمرن رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ یێلہِ عتبہ بن غزوان رضی اللہ عنہٗ ملکِ فارسچہٕ اکِس لڑایہِ منٛز امیر لشکر بناٚوِتھ سوٗز، اَتی فرماٚوہس وصیت زِ "یوٗتاہ تہٕ ممکن آسہِ تقویٰ ہُک اہتمام کرٔی زِ لو۔ فاصلہ کرنس منٛز روٗزی زِ انصافس لوٗر، نماز پٔرِی زِ پننس وقتس پیٹھ تہٕ اللہ تعالیٰ سٕنٛز ذِکر کرٔی زِ کثرتہٕ سان۔

حضرت عمرن رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ سوٗز پننہِ سلطنتہٕ کین (مُلکہٕ کین) حاکمن (گورنرن) لنٔش یہِ اعلان زِ ساٚلمو کھوتہٕ جاۓ تھدِ شاپہٕ فکرِ لایق چیز چھہ مےٚ لنٔش نماز۔ یُس اِمچ راٚچھ کرِتھ چھُ ہیکان سُہ چھُ دینٕہ کین باقٕے چیزن ہنٛز تہٕ راٚچھ ہیکان کرِتھ تہٕ یُس اَتھ ضایہ کرِہ سُہ کرِہ دینچن باقٕے کامن جادے برُباد۔

پانہٕ نبی اکرمس صلی اللہ علیہ وسلم یێلہِ کانٛہہ اہم مُشکِل تہٕ کھوژِنچ کتھ بُتھہِ آس یِوان اَتی آسی وُٚلی وُٚلی نمازِ کُن دوران تہٕ رجوٗع فرماوان۔

حضرت ابو درداء رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ چھہ فرماوان زِ یێلہِ طوٗفانک وااوس وۄتھان حضور صلی اللہ علیہ وسلم آسی مسجدِ منٛز تشریف نِوان تہٕ توٚت تام آسہٕ نیبر نیران یوٚت تام نہٕ سُہ ٹھہرِ ہیٚیہٕ۔ وارِیاہو صحابہ صاٚبو رضی اللہ تعالیٰ علیہم اجمعین چھُ حضورن صلی اللہ علیہ وسلم سٕنٛدِ یہِ معموٗل (طریقہ) نقل کوٚرمُت زِ پریشاٚنی تہٕ کھوژنہٕ وِزِ آسی نمازِ کُن رجوع کران تہٕ اَکی صحابہ (صاٚبن) چھُ حضورن صلی اللہ علیہ وسلم لنٔشہ نقل کوٚرمُت زِ برٛونٛہہ کنیٚن

نبین ہُند معمول (طریقہ) تہٕ اوس یہوے۔ صحابہ کرامَن رضوان اللہ تعالیٰ علیہم اجمعین لِنشہ تہٕ چھ کثرٕ سان یہوے طریقہ نقل کرنہٕ آمُت۔

تاریخ چھ اَمہِ قسمکیو واقعالو سِتۍ بَرِتھ زیٚیلہِ کُنہٕ قومَس منز ظُلم تہٕ تشدّد حدٕ نیبر دڑاو ننہِ واتہٕ لَجہِ اللہ تعالیٰ ہٕنز نافرمٲنیہ سپدنہٕ تہٕ یمن آونہٕ (اَمہِ لِنشہٕ) کھٲکھ تہٕ کرنہٕ۔ أتی آویہِ قوم تباہ تہٕ برباد کرنہٕ تہٕ لَیس بیٹھ ظُلم اوس کرنہٕ آمُت لس دیُت اللہ تعالیٰ ہن (سبہٕ ٹاہ) ٹھَرزتہٕ بجر۔ قرآنِ پاکَس منز تہٕ چھ اَمہِ قسمکو واقعات سبہٕ ٹاہ تعدادس منز بیان کرنہٕ آمتی کیا اللہ تعالیٰ ہن کرلو وناسہ ظالم تہٕ مغرور پادشاہ لسندہٕ سأتھیَن غلامن تہٕ نوکرَن اَتھہِ خجل تہٕ سہ آوتاکلہِ لوٹسیو سِتۍ گردِ مُنھتھ ذلیل کرنہٕ تہٕ اَکس أنگِس مُہی ہندِ دَستہٕ آونا تمیٚ سُند گھمنڈ کڈنہٕ یِم پادشٲہی ہندِس نشس منز اللہ تعالیٰ ہندِس نبی ہٕنز کمِنہ اوس دکہٕ دیُت مُت تہٕ اللہ تعالیٰ سُند لوٹھ یار خلیل اللہ علیہ الصلوٰۃ وَالسَّلام اوسُن میلہٕ وادن بھُرِتھ نارٕ اَلاوس منز ترٛاو وُمت۔ کیاہِ نمرُودی نارٕ اَلاو کوٚرنا اللہ تعالیٰ ہن حضرتِ ابراہیمس (علیہ الصلوٰۃ وَالسلام) کیٚت گلزار (پوشہٕ انبار) تہٕ یٚیلہِ فرعون سُند تشدّد تہٕ ظلم حدٕ نیبر دڑاو أتی پھالوٚنا اللہ تعالیٰ ہن (یہ شخص) بینیو خزانو، قلالوَ، باغو، ناگوٕ تہٕ نفیس بالا خانو منز کڈِتھ تسند ہتھیاربند فوج ہیتھ سمندرس منز تہٕ أمی ہٕنز سلطنت أمی ہندی خزانہٕ، تمیٚ ہندی قلعہٕ لگی نہٕ تمس کُنہِ تہٕ لکار تہٕ تمہٕ مظلوم کمزور تہٕ بے سہارہٕ یمہٕ نتیجہ نٕز کمزور

مظلوم بنی اسرائیل سیٹھاہ کالہٕ پیٹھہٕ فرعونن پننہٕ غلام اَسی بناوی متھ تہٕ تمن لشہ وزٕ وزٕ بیگاری اَسہٕ ہیوان یہندی گبر مارٕ گرٕ ژھان گرٕ ژھان تمن برٕ وٕنہہ کنہٕ ذبح کرنہٕ اَسی یوان تمے بناوی اللہ تعالٰہ ہن اُمی سے فرعونس ہندٕ خزانن۔ قلن باغن تہٕ سلطنتکی مالک۔ تہٕ پیٚلہٕ بنی اسرائیلن اللہ پاک سنز نہٕ وانہٕ نافرمانی کرٕ تہٕ بائیو کوٚرنہٕ یمن کٹھاکھ تہٕ تمہ آے لعنتکی حقدار قرار دنہٕ۔ اَتی آے یمو منٛز واریاہ پیٚنزی تہٕ سور بناونہٕ تہٕ یمن منٛز پیٚلہٕ واریاہن منٛز ظُلم تہٕ تشدّد ہُریاو تہٕ پتہٕ وُچھکھہٕ پننٕ نبی قتل کرلس تہٕ کینہہ۔ اَتی گوکھ خدایہ سُند غضب نازل تہٕ بخت نصر ہیو ظالم تہٕ جابر پادشاہ آکھ اَگاد کرنہٕ یمو یہنٛزن بستی ین، یہنٛزن عبادت گہن تہٕ یہنٛزن آسمانی کتابن زالتھ سوٚر بنووتہٕ تمہ وزٕ آو نہٕ تہنٛد ہے رود تمن کُنہٕ لکار۔

حضرت یوسفؑ یَس لوکٹس پانُس تسند لوٚ بڑٕ لو بایو زدکوب کوٚر کریلس منٛز نزٕ اوتھ لوٚ ژھکھ پیٹھ سردل کران تہٕ یُس کینٛژن پانٛسن اوس کنہٕ آمُت۔ تہٕ یُس مصر کِس بازرس منٛز نتھ کنہٕ اوس آمُت تہٕ یُس جُرمہٕ ورائے ظُلم کرٕ تھ واریاہس کالس قاد تھاونہٕ آیاو تہٕ ساوٕنی لو زِ سُہ وُچھ ناتارٕ یخن مصرکس شاہی تختس پیٹھ جلوا فروز تہٕ تسندی سائلم بائے عاجزی سان لتس پرٕ وٕنہہ کنہٕ وہ دٕ زٕ لتس لش صدقہ منگان تہٕ مصرک کانہہ فرداوس نہٕ سُہ یُس نہٕ حضرت یوسف علیہ السلام سنز غلامی منٛز آو۔

مکہٕ کیو ظالم تہٕ جابر لوٚکو یُس پز رٕچ دعوت دِنہٕ وول ضعیف تہٕ کمزور

زوئن ۽ لٽس پيٺ ظلمن ۽ ستمن هندي پهاڙ ٽرا آهي ته ڪوڙڪ مڪه ڇڏڻ تي مجبور ٿيا. آخر اهي نبين جي سردار صلي الله عليه وسلم الله تعالى جن ٽاٺو صلي الله عليه وسلم کي ڏهه هزار قدسي اين هند لشڪر سميت مڪه مڪرمه فتح ۽ ٻڪلي ڪار ٿيو ڏٽلن وڏا آسو ذليه سان اُمن بروٺڍ ڪنهه وه دني ڀيڻين زوئن هنن معافي هند خادمان منگان ۽ لُس عالمن هندي باپ جي رحمت اوس آمُت سُهُ اوس اذهبوا فانتم الطلقاء لا تثريب عليكم اليوم ڏنٿا اٿڪ زور ڪماون ۽ گردن ٽٽن واجنه جمائن معافي هند پروانه ڏوان.

۽ ٻموُ بد انديشو ٿيو جايه الله تعالى سُند لوٽ مڪه مڪرمس منزاٿنه لشه پٿ اوس ڀيوُرمُت اڍا آو ٿميئ جايه پيٺ بروٺه ڪن تهند ڀڪُن اڪه ڪنه منع ڪرنه ز ڪاٺه ڪافرن مشرڪ هڪه ۽ قيامٿ تام اُمه حد بر ڏنٺ نيرٿ.

ٻيٿيه آونا يته وڇهنه زفخر رسل صلي الله عليه وسلم ڇه اُٿو جايه لوُڪن بيعت فرماوان ۽ گُڪه ڇه کهيلبو کهيلبو جماٿو جماٿو ويهندس (صلي الله عليه وسلم) دستِ مبارڪس پيٺ اسلام قبول ڪران. ٻيٿه عقله ٿند لوانو رحمتِ عالم صلي الله عليه وسلم ۽ تهندس خاندانس سٽ تعلقات ٺٽنڪي عهدنامه ترتيب ڏئي ۽ تجويز ڪوُرمُت اوس.

وارهو عراقيو ڪُربنه نين خداليس کهوڙن والين پاڪباز ۽ رحمدل حاڪمن (پادشهن) هنز بي قدري ٿمن سٽ ڪُرکه بدسلوڪي. وعده خلافي ظلم ۽ جادتي هُند معامله. حق تعاله هن جل شانه ڪور حجاج هيو ظالم ۽ خونزي گورنرمن

اگا دِیُس نتیجہ اوس حضرت عمر رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ ہِندِ بد دُعائک[1]۔

قرآن تہٕ سُنتن ہندلو رٹن والیوت تام قرآن تہٕ سنّت مضبوطی سان دٔنڈ وٕ ستی رٔوٹ تأریخ چھُ گواہ زِ فتوحاتن ہند سلسلہٕ رُود برابر جأری ـ سلطنتہٕ روز یمن برٔونہہ کنہِ سجدٕ کران یِہنہِ نا وٕ ستی اُس کمن کمن شاہجہانن نمٹ تہٕ تھر اُژان تہٕ شیٹھن لفرن ہنز جمأژ موچھ لوّب شیٹھن ساسن ہندس لشکرس پیٹھ غلبہٕ تہٕ فتح تہٕ امی زمینن وأل تہٕ خدایہ ہِندِ مدتکہٕ حقدار قومن یِیلہِ احکامِ خداوندی پَتہِ پُشِ ترأوی تہٕ سنّت ترک کرٕ ی پادشأہی ہندِس نٔشس منز مشرو وُکھ یتھ فرضِ منصبی ماتحتن پیٹھ کوٚرُکھ ظلم تہٕ تشدد شروع عأش پرستی گییکھ نأل شرابکہ دور لگنہِ وانہٕ چھیِنہٕ مظلوم مومنگ مسلمانن ہندِس خدایس دُعا۔ مالک الملکن لوٚز فری یاد تہٕ یمن مظلومن ہُند ہیوٚتن یمن نام نہاد مسلمانن یتھ بدلہٕ زِ اللہ تعالیٰ دِین پناہ اُہنز دلیل بوٚز یتھ چھِ لارنہٕ گژھان ـ بغدادیُس وارییہس کالس اِسلأمی حکومژ ہُند دار الخلافہٕ رُود تہٕ اِسلأمی علمن تہٕ فنک مرکزہٕ تہٕ کأتیاہ بٔڈی بٔڈی دار العلوم تہٕ اسو اتہٕ قأیم، کتھہٕ خانقاہ اُسی چلان، نتیجہ بُرٕ اُژ کوم ہدایت تہٕ سبزوتہٕ پیٹھ اَتن وأل۔ عالم روشن کرن وألی اختاب زلٕ ے۔ اَتھ تأریخ پرٕ ی لو تہٕ ہأری لوٚ اُچھو کنہِ خوٚن۔

---

[1] قال اخزنا عمران اهل العراق قد حصبوا اميرهم فخرج غضبان فصلى فهى فى صلوٰة فلما اسلم قال اللّٰهم انهم قد لبسوا على فالبس عليهم وعجل عليهم بالغلام الثقفى يحكم فيهم بحكم الجاهلية لا يقتل من محسنهم ولا يتجاوز عن مسيئهم قال بن لهيعة وما ولد الحجاج يومئذ الازالة الخفاء (ص۱۸۰، ج ۴)

اَمہِ قوٗمکہِ اَکی بُڈ شخصن لُس غریب اوس ، اذیتس منز اوس ٲمی سنز کاتھہ خُشی یِتھے اُس نہٕ حکوٗمتس تہٕ تجارتس منز اوس نہٕ کانہہ حصے۔ سُہ اوس حقیر تہٕ ذلیل زانہٕ یِوان۔ سُہ اوس نہٕ مسلمان بلکہ اوس غٲر مسلم۔ حکومتہٕ کِس لشکس منز مَس مسلمان حضرات اُسی یِمن پیٹھ سیٹھاہ ظُلم جادتی تہٕ سختی یِکران (اُمی) مونگ بالہٕ تھنگس پیٹھ کھسِتھ اَتھہٕ تُلِتھ دُعا:

"اے مسلمانَن ہندِ خدایہ مسلمان چھی ژنٕے عدل تہٕ اِنصاف کَرن وول وَنان۔ یہوے چھا چون انصاف یُس چانٮ۪ ٹاٹھو کران چھِ۔ یہ کیا چھُ سپدان"

اَز غٲب آیہ آواز

"تھُکُرو حملہٕ اسوٗن مدد چھُ لو ہہ ستی" اُمی کوٗر قوم جمع مسلمانن پیٹھ کوٗرُن یوٗتاہ وُلٹہٕ حملہٕ زیموٚ حقیر تہٕ ذلیل اما پوٚز مظلوم غلاموٚ کرٕ ی وُہو لچھو منز ژہ داہ لچھ مسلمان قتل تہٕ مسلمانن ہیوٚ کھٹہ یہُند یِتھ روب زِ تارِیخ کامل ابنِ الاثیرس منز چھُ لیکھِتھ زِ ڈوڈ ہیتھ مسلمان چھِ فوجی ہتھیار ہیتھ زُو بچاونہٕ موکھہٕ ژلان۔ اَکھ تاتاری چھُ یمن کُن وَنان کوٚت چھو ژلان ٹھہرِو مےٚ چھُنہٕ یتہٕ شراکھے۔ یہ کڈ خیمہٕ منزٕ شراکھ تہٕ کَرو لو ہہٕ کھَش۔ اُمی سُندیُتے ونہٕ ستی دریٚے نہٕ ہتھیار وستی ہیر۔ لوٚن لیس اَتھ فوجی جمأژیدی نہٕ ہینکی ژلِتھے۔ سُہ آو خیمہٕ منزٕ چھُری ہیتھ تہٕ ووٚن نکھ، شُنگو۔ یمہٕ ساری شُنگی۔ یمہٕ کوٚر سارنے کھَش یِتھہٕ کٔنٛز کوٗ کَرن چھِ ذَبح کران۔ اَکِس جایہ اُسی پنٛژاہ نفر ژوٚراکہِ زنانہٕ

کٔرِتھ یمہٕ مُجُن تہٕ گازرِہن ہشدی پأٹھۍ۔ اَمہِ موجوٗب تہٕ کیازِ ژٕم أسی اللہ تعالیٰ سٕندی نافرمان۔ تِمو أس خدایہٕ سٕنٛز پأدٕلیش نٮ۪ھچے ستاوِمٕژ۔ اللہ تعالیٰ سٕندِ طرفہٕ میٚج مظلوٗمن فتح تہٕ اللہ تعالیٰہ ہن ہیوت ظأٹمن تہٕنٛد بدلہٕ۔ آخر چھُناٮ۪ رب العالمین مسلم تہٕ غأر مسلم سارنٕی۔

اَمہِ پتہٕ بلأوِ یمو غلامو میٹنگ تہٕ ووٚنکھ زِ اَسہِ موٚنگ نہٕ پننہٕ لٕنس خدایس بلکہ موٚنگ مسلمانن ہندِس خدایس، مسلمانن ہندِس خدایس کریاو فریاد۔ تِمۍ بوٗزُن سُون فریاد۔ باسان چھُ زِ خدا چھُ لوٚز۔ مذہبِ اسلام چھُ لوٚز۔ مگر مسلمان أسی نہٕ پننہِ نِس مذہبس پیٹھ قأیم۔ خدایہٕ سٕنٛدِ مذہبچ کتھ أسی نہٕ مانان۔ لہٰذا گے ژٕم توَے ذلیل تہٕ خار تہٕ وونۍ پٮ۪لہ یِژٕ اَسہِ کھرُگو اَسہِ پِژٕ اسلام قبول کرُن۔ اَمہِ پتہٕ گےٚ ژٕم سأری مسلمان۔ وَاِن تتولو یستبدل قوماً غیرکُم ثُم لا یکونُوا امثالکُم ۞

ہرگاہ مُسلمان اللہ تعالیٰ سٕندٮ۪ن حکمن ذلیل تہٕ حقارت کرَن اللہ تعالیٰ کرِہ دوٚیمِس قومَس یہٕنٛز جایہ کھڑا۔ مصیبت چھُ تہٕنٛدِ موکھہٕ یِم مسلمان آسنہٕ باوجود تہٕ خدایہٕ سٕنٛزن نظرن منٛز غضبس تہٕ قہرس لایق چھ عذاب آو تِمہِنٛے پیٹھ تِمے آے تباہ تہٕ برباد کرنہٕ۔ کامیاب گےٚ ژٕم لوٗکھ یِمو مسلمانن ہُند قتلِ عام کوٚر تہٕ پتہٕ بنیٚ مسلمان تہٕ شُرہٕٮ۪ن سدٕہن ہیرٕن تام روٗدِ یہِنٛدٕے نسل حکومت کران۔

ہندوستانس منٛز چھُ اسلأمی حکومتُک عروج وزوال تہٕ اَکِس عبرتُس لایق۔ چھرا باہٕ ساس فوجی لشکر ہٮ۪تھ کوٚر مغل بادشاہ بابرَن ہندوستانس

بیبھٹ حملہ ءِ تمہ وختہ کس ؤہ کرور بارہ آبادی وائس ملکس بیبھٹ لین فتح ءِ تہ خصلتکی خدالیس کھوڑن وائی رحمدل پادشاہ آے اکھ اُکس بیتہ مقرر سیدان تہ برابر رؤدیءِ یم ترقی کران تہ وو بھتہ لو لبان۔ وُری یہ واڈن روز مسلمانن ہنز حکومتہ قائم۔ اما پوز ییلہ پادشہن ہنز حالت بدلنہ ہیرشن یہنز حکومتہ ہیرشن سوتنہ۔ تمن آو حس تہ دِنہ۔ ینہ زمہ واری یہ تہ فرض آکھ یا دیاونہ اکھ زیبھٹ مہلت دِنہ (مگر یمو کیاہ کور) خوْدساختہ دینِ الٰہی آو بارسس۔ تو بیتہ تہ رُٹکھ نہ وُلی وُلی مگر ییلہ چھیکرس ہندوستانکیءِ یم پادشاہ غفلتچہ گوہ نیندرِ ہُشیار ے گے نہ پننہ ذمہ واری یہ تہ فرض مشراوتھ ہیتن عائش پرستی، شراب نوشی تہ دوءِ یم کھٹاکھ کرنہ آمتی منکرات شاہی محل خانس منز سپدنی تہ حکومت بنے یہ خدمتِ خلق دِہنچہ پاسائی بدلہ پننہ نفسہ چین خاہشن ہند پور کرنک ذریعہ۔ عوامچ حالت گیہ وارے خراب تہ ہس دِنہ باوجود تہ لوُبکھ نہ کانہہ حس۔

حضرت شاہ ولی اللہؒ صاحب دہلوی گے لوکن ہندین دروازن بیبھٹ تہ ہانکلہ ٹاسہ رآوی ووُنکھ زِ ہیئے اللہ تعالیٰ سند لو بندو ووُنی اِی لوت اللہ تعالیٰ سِنز نافرمانی لنشہ باز۔ مۓ چھ دِلہ ہنز و گلی کو چوُ منزی خوْن یران لبنہ یوان۔ اما پوز لوکو موْن نہ تہ یہ وُنہتہ آسیءِ یمن والیس کڈان زِ یمن مولوین چھ یہاے کاماہ یہندی کاڑی چھا صحیح آسان۔ مگر چھیکرس سپُدتی یہ سپُدن اُدس۔ آفتہ آیہ۔ مصیبت آو خدا دِین نجات۔ خدا دِین نجات۔

احمد شاہ ابدال آو، نادر شاہ آو تہٕ پادشٲہس یمہِ وِزِ خبر دِژ کھ زِ دُشمن چھُ حملہٕ کرنہٕ لِکان لوٚتہٕ رووٚننکھ "ہیٚیے ہیٚیے بیٚیہ اَکھ پیالادی لو"

این دفتر بے معنی مئے ناب اولیٰ۔ یہِ وُنِتھ تروُون یہِ پرچہ شرابکِس پیالس منزٕ تہٕ ووٚنُن بیٚیہ اَکھ پیالہ دِیُو۔ چھیکرس کوٚر امیرو وزیرو نادر شاہ سُند استقبال تہٕ عزت تہٕ احترامہٕ سان اوٚنُکھ تہٕ بنوُوکھ شاہی مہمان۔ کرٕہن تہٕ کیاہ۔ مقابلچ توٚژھے اَسکھ نہٕ۔ کھٮ٘تہٕ چینہٕ پیتہٕ ہیُٚرکھ کتھاہ باتھاہ کرٕنی تہٕ پادشٲہن ووٚنُکھ۔ موروس، موروس، مأریون، نأدرِ سُند فوج کرٕیون قتل نأدر شٲہن زوٚن یہِ چھ سأزِش لوٚتے کرٕ کھ اَسہِ دعوت۔ دِلہِ ہٕنزِ سنہری مسجدِ ہٕنزِ قلایہِ پیٹھٕ بیوٚ کھڑٕنگے تلوار کڈٕتھ یمہِ کِنہِ قتلِ عام سپُد۔ عوامَس کوٚرُکھ یوٚتاہ کترِ بتہٕ زِ دریاے جمناہُک کٔدِل آو لاشو سِتی برٕنہٕ۔ لاشِن ہندِ تعدادٕ سِتی گو دٕری یاوُگ آب تہٕ بند۔ دِلہِ ہٕنزِ جامع مسجد، فتحپوری ہٕنز مسجد تہٕ قاضی حوض یمہٕ سارے آیہِ لاشوَ سِتی برٕنہٕ۔ بلقائی خدا نکی کینہہ لوٚکھ وٲتی ژوٗرِ ژوٗرِ کِنہِ تأنی پأٹھٕ اور تہٕ بیٚنُن دستار وألِتھ ترٚووُکھ پادشاہ سِندٕ پٕن کھوٚرن تَل تہٕ ووٚنہس:

پادشاہَس چھ پادشاہس سِتی لڑأے۔ رعیتن کیاہ قصوٗر کوٚر یمن کیاز چھُ کترِ بتہٕ کرنہٕ یِوان"۔ اَدِ ترٲو نأدر شٲہن تَلوار غلافہٕ منزٕ تہٕ قتل و غارتُک سِلسلہٕ گو بَند۔ نظامِ حکوٗمت بدلیوو۔ پرٲنی حکوٗمت وٲرٕ اَند۔ طاقتہٕ وٲلی ذوالجلالن کٔری عزتہٕ وٲلی ذلیل تہٕ ذلیل بنأوِن عزتہٕ وٲلی شہزادٕ

آے دِلہٕ ہٕنٛزِن سڑکن پیٹھ گداگری تہٕ خٲرات منگان وُچھنہٕ۔ یہٕ گٲیلہٕ کِتھ کنہٕ چھُ احکم الحاکمین ہٕنٛز ایٚزبجہٕ قوٚدرٔژ ننہٕ کران تہٕ (یہٕ کوتاہ) چھُ عبرتُس لایق فیالیت قومی یعلمون "کاش میون قوم سمجھ ہییٚ" قدرت، حکمت تہٕ علمہٕ وٲلی مالک الملکن دِیُت ہندوستانہٕ کِہن مسلمانن غفلتچہِ نیٚندرِ ہُشیار گژھنُک حِس لبنُک سمجنُک تہٕ سنبھالنُک بیٚیہٕ موقعہ۔ مہلت دِژنکھ زِ وُنہٕ آیہٕ زمیندٲری (جاگیر دٲری) تہٕ لوٲبیت برقرار تھاونہٕ۔

اماپوٚز یِمہٕ لوٗکھ ملک تہٕ دولتہٕ کِس نَشس منٛز مست آسی تِمہٕ گےٚ نہٕ اَمہٕ انقلابہٕ سٟتۍ (تہٕ) غفلتچہِ نیٚندرِ ہُشیار تہٕ اللّٰہ پاک ہٕنٛزن نعمژن ہند شکرانہٕ، قدر کرنہٕ بدلہٕ تہٕ پنُن آخرت بناونہٕ بدلہٕ خلقِ خدایس فٲیدٕ واتناونہٕ بدلہٕ روٗدی برابر ناشکری، بے قدری تہٕ بغاوت کران تہٕ پننہٕ نولفسانٟی خواہشن ہندِ پورِ کرنہٕ سٟتۍ مندٕ چھٲوِکھ کافر مشرک تہٕ شیطان تام پننین ماتحتن پیٹھ روٗدی ظلم تہٕ زیادتیہٕ کران۔ خدایہٕ ہٕنٛز نافرمٲنی رُکاونہٕ بجایہٕ لٔگی پانہٕ تہٕ علی الاعلان پادٕ کرن وٲلس مالکہٕ ہٕنٛز نافرمٲنی کرِتھ بغاوتھ کرنہٕ تہٕ اکرٕڑیے۔ آخر ووت سُہ دوہ تہٕ ییلہٕ اللّٰہ تعالہٕ ہٕن پننہٕ نعمتہٕ یِمن واپس تھپیہٕ ہنہٕ۔ لوٲبی شان تہٕ گیہٕ ختم تہٕ جاگیر دٲری تہٕ دُنیا والیو وُچھی نواب زادٕ تہٕ نوکری تہٕ مزوٗری ژھانڈان بلکہ بچھان (تہٕ خٲرات منگان) یتہٕ وُچھکھ زِ بٔڑی بٔڑی زمیندار تہٕ جاگیر دار تہٕ کٔژن کٔژن گامن ہندی مٲلِک چھِ فقیر تہٕ کنگال گٔمتۍ تہٕ کھین چین تہٕ پلو دادِ تنگ گٔمتۍ۔

مگر ہائے افسوس اَمہِ سأ لمہِ باوجود تہٕ لوٚب ہٕ مسلمان قومن کانٛہہ عبرت زِ یہ سأ لِم کیازِ سپُد تہٕ غورٕ ے کوٚرُکھ نہ زِ سوٚن فرض منصبی کیا چھُ۔ سانہِ زندگی ہُند مقصد کیاہ چھُ۔ اللہ تعالیٰ کیازِ چھُ بنٛنہِ نعمژ دِوان تہٕ ژھٔنیہِ نِوان۔ بنٛنہِ زندگی منٛز أنکھ ہٕ کانٛہہ تبدیلی۔ لوٗٹ زِ یادشاہی گیہِ ختم، نوٲبیت وأژ انٛد۔ امایوٚز مِزازٕ روٗد سُے شاہانہٕ تہٕ نواباٚنہٕ سُے غفلت سُے عأش تہٕ عشرت سُے غرور تہٕ کِبر سُے بدکأری سُے ظُلم تہٕ زیادتی۔ جہالت، صنعت وحرفت تہٕ تجارتس سٟتی نفرت۔ اَمہِ کِنہِ اصوٗلن ہٕنز بے خبری۔ پانہٕ وأنۍ بغض تہٕ حسد، مقدمہٕ بأزی، ناموری شُہرت پسندی، فخر، منہم، فضوٗل رسم تہٕ رِواجن ہٕنز پابندی تہٕ بیروزگأری کِنہٕ ہٕ پألنہ تہٕ تیوٚت زِیمن چیزن بیٛٹھ کرٕہن بے وایہِ خرچ۔ لہٰذا ٲتھاوِکھ مکان، زمین، باغ، زیورات یہہ سوٗدس بیٛٹھ قرضہٕ نِتھ یمن چیزن منٛز خرچ کران تہٕ یورٕ وأتنہِ پریشأنی ہُند مقابلہ کرن تہٕ مجبوٗر گژھتھ (یٟیلہِ سأری درواز بند وُچھکھ أتی ٲگ محنت مزٗوری تہٕ ژھانڈنہٕ مگر سُہ تہٕ کیا دہیکہٕ ہٕن کرِتھ تہٕ کیازِ) علمے اوسُکھ نہٕ ہُنرٕ ے اوسُکھ نہٕ فن تہٕ سلیقہٕ اوسُکھ نہٕ۔ لہٰذا اوسُکھ نہٕ کُنہِ عزتہٕ واجنہِ مزوٗرِ لایق تہٕ نصیب ہٕ ٲگ ذِلیتچ نوکری بیچھنہِ۔ اللہ الصمد یم زِنہٕ کینٛہہ وٕری بژوٚنٹھ زمانکۍ رذیل زاتنہٕ أسی یوان اَز أسی اَکہِ) زمانکۍ شریف (لوٗکھ) یِمنے رذیل تہٕ وٕسی پایہِ ذلیلن بژوٚنٛہہ کُنہ مزوٗری کرنہٕ موکھ بیچھان۔ افسوس چھُ یمہِ کتھہِ ہُند زِ وُنہٕ تہٕ چھُنہٕ مسلمانَن

ہیٚنز اَچھ مُژر یِہ لِوان اللہ تعالیٰ چھُ زانان زِ وۄنۍ کَتھ گرِ چھ پیاران ؎

ولائے ناکافی متاعِ کاروان جاتا رہا
کاروان کے دِل سے احساس زیاں جاتا رہا

قومکۍ دانشور وۄتھِن۔ قومکۍ ژُکی درگُژھن ہشیار تہٕ ہیٚر مِن شُطرن ہندِس گاشَس منز ژھانٛڈِن مسلن ہُند حل تہٕ قومَس کرِن دِنَن ہِش پایہٕ تہٕ کرِن پابندی تہٕ قومَس تہٕ کرناوِن عمل ہرگاہ یہِ آوۄ کرنہٕ تہٕ وُنہٕ تہٕ آوۄ نہٕ لرِ پھِرُن دِنہٕ حالت بدلیے نہٕ تیلہِ آسہِ اَنجام سیٹھاہ ہیبتناک، سیٹھاہ خطرناک تہٕ امیکۍ مُجرِم آسن قومکۍ دانشور۔ اعاذنا اللہ منہٗ۔ اللہ تعالیٰ دِین اَسہِ اَمہِ نِشہ نجات۔

## زٕلِتھ میلتھ جدوجہدُک اِبتدائی خاکہ

۱۔ پرتھ مسلمان لفر نمازی بناونٕچ کوشِش۔

۲۔ پرتھ مسلمان شُرِ ہِنٛز دینی تعلیمِہ ہُند اِنتظام

۳۔ دیٚمہٕ شُرِ کُنہ سکول تہٕ کالجس منز پران آسَن تِہندِ موکھ دینی تعلیمہ ہُند انتظام تاکہ یِہند عقیدٕ تہٕ عملہٕ گژھن دُرُس) تہٕ تعلیمِ بالغان موکھ مکتبن ہُند اِنتظام۔

۴۔ پننٛز سأری معاملات تہٕ گھریلو زندگی سُنتس مطابق کرنٕچ کوشِش۔

(ا) فضائل اعمال کِہ ذٔریہِ نفسِچ اِصلاح تہٕ عملن کُن مأل پھِرُن۔

(ب) یژ ہِتھ قسمہٕ کین تنازعن ہٕنہٕ مقدمہٕ بازی لِنشہِ کُلیتن پرہیز

(ج) پانہٕ وأنی تنازعن ہُند اہلِ علم حضراتن ہندِ ذٕریعہ تصفیہ کرُنک

اِنتظام۔

۵۔ کھاندرن کُھندرن، ختن حال ہٕنہٕ سوٗندرِ ہندِن موقن پیٹھ سپدن

والین رسمن ہُند ترک کرُن۔

۶۔ شرع کین حدن منز روٗزِتھ بخات صنعت ہٕنہٕ حرفتن ہُند جہار۔

۷۔ شُرین ہٕنہٕ جوانن ہنٛز جسمأنی ورزشہٕ ہنٛز مشق ہٕنہٕ صحت ہٕنہٕ تندرستی

ہُند بچاو ہٕنہٕ رأچھی ہُند اِنتظام۔

اللہ تعالیٰ دِین عمل کرُنک توفیق ہٕنہٕ یژ ہِتھ قسمکِہ خسارِنشہِ

بچأوِتھ کرِن دوشوین عالمن ہُند عزّت ہٕنہٕ راحت نصیب۔ (آمین)

اَللّٰھم غفر امۃ محمد صلی اللّٰہ علیہِ وَسلم وارحم اُمۃ محمد

صلی اللّٰہ علیہِ وسلم فرج الکرب عن امۃ محمد صلی اللّٰہ علیہ وَسلم

اصلح امۃ محمد صلی اللّٰہ علیہِ وَسلم بحُرمۃ حَبیبٌک سیدالمرسلین

صلی اللّٰہ علیہِ وَسلمّ وصحبہٖ اجمعین الیٰ یوم الدّین

العبد

محمّد فاروق عفی اللہ عنہٗ

۲۵ رمضان المبارک
سنہ ۱۴۰۶ھ

یمہ کتابہ ہندِ کا شرہ ترجمہ موکھ اوس کتابہ ہندی اصل مصنّف حضرت اقدس حضرت مفتی محمود حسن صاحبؒ[1] رحمۃ اللہ علیہ پانہ پنہ زندگی مشز اجازت فرمو ومت۔

یہ ترجمہ سپُد جمعہ دو ہیہ ۱۴ رمضان المبارک ۱۴۱۷ھ پوُرِ ہتہ لأزمی تصحیحاتہ موکھ آو دارالعلوم رحیمیہ بانڈی پورہ محترمی حضرت مولانا محمد رحمت اللہ میر صاؒ[2] بس لش سوزنہ یمو یہ ضروری شیرژأرپتہ والپس کوڑ۔

۶ راکتوبر ۲۰۰۲ء　　　　ابوعبید عبدالخالق شمس

آٹھوار

---

[1] المتوفی ۶ر ستمبر ۱۹۹۶ء جوہنبرگ ساوتھ افریقہ

[2] مولانا محمد رحمت اللہ میر صابن چھُ فضائل درود شریفس کأشُر ترجمہ کوٗرمُت۔ اُردو پاٹھی چھکھ "منتخب حدیثیں" ترتیب دِژمژ تہ دارالعلوم رحیمیہ ہکی ترجمان "النور" کِ مدیر تہ چھ۔

## اصل مصنفؒ حضرت مفتی محمود حسن گنگوہیؒ سٕنز باقی کتابہ

فتاویٰ محمودیہ (۳۱ جلد مکمل)

ملفوظاتِ فقیہ الاُمت (۱۳ جلد مکمل)

مکتوبات فقیہ الاُمت (۳ جلد مکمل)

افریقہ اور خدمات فقیہ الاُمت)

وصفِ شیخ

وصفِ محبوب

حدودِ اختلاف

اسبابِ مصیبت کی چہل حدیث

اسبابِ لعنت کی چہل حدیث

اسبابِ مصائب اور انکے علاج

مواعظ فقیہ الاُمت (مکمل ۱۱ جلد)

شوریٰ واھتمام

مشاہدِ قدرت

مسلک علماءِ دلوبند

رفع یدین

حقیقتِ حج

آسان فرائض

ارمغان اہلِ دل

سودی قرضے

خلاصہ تصوّف

مشائخِ احمد آباد

معمولاتِ یومیہ مع شجرہ مبارکہ

یادِ مرشد

### یمہِ کتابہ ہندِس کأشر ترجمہ کار ابوعبید شمسؔ سٕنز بأتی کتابہ

- سنگر (کأشر شعرِ سوٚمبرن) • ورٕٹلہِ ضلیچ ہسٹری جغرافیہ (زیرِ ترتیب)
- رہبرِ مال (محکمہ مال کین اہلکارن خأطرِ قانوٗنچ تہٕ اصطلاحن ہٕنز اکھ بے مِثال کتاب) • ساگر (کأشر شعرِ سوٚمبرن) زیرِ ترتیب
- سیرت النبیؐ صلی اللہ علیہ وسلم (کأشرِ پأٹھی) زیرِ طباعت